کبیرا کھڑا بازار میں
سب کی مانگے خیر
نہ کاہو سے دوستی
نہ کاہو سے بیر

تنقید تہٕ تحقیک رُح تہٕ چھُ اتھی منز پوشید۔ زبان تہٕ ادبہٕ کِس بارزس منز چھُ محقق یا نوقاد پننہِ شودمَن تہٕ نظرستیٕ پزرگاران۔ سہٕ چھُ تی گاشِراوان یہٕ لَس وچھتھ تہٕ پرکھِتھ موقول باسان چھُ۔

پزرس پیٹھ پردٕ تراوُن۔ تہٕ زانِتھ مانِتھ اصلیتہ نِشہِ اَچھی وٹنہٕ گو وَتہٕ نِشہِ ڈلُن تہٕ ژلُن۔

رہبر

# وَن

# وَکھنے

تحقیقی تہٕ تنقیدی مقالہٕ

اوتار کرشن رہبر

کِتابہٕ ہُنٛد ناو : وَن وَکھنے

لِکھأرؠ : اوتار کرشن رہبر

کمپیوٗٹر کمپوزِنگ : IILS DTP CENTER

471-A، سیکٹر 2، وِنایک نگر مُٹھی جۆم۔

رِنکو کول# 94191-36369

چھاپَن سَنہٕ : 2014

تیداد : 500

مول : ترٛےٚ ہَتھ روپیہٕ

سرورق :

کِتاب میلنگ پے پتاہ:

۱۔ رہبر پبلِکیشنز

شتابدی وِہار، سیکٹر 52، فلیٹ نمبر 2B/E5، نویڈا (یوٗ۔پی)

فون نمبر: 09015766866

۲۔ موہنی پبلیکیشنز

471-A، سیکٹر 2، وِنایک نگر مُٹھی جۆم 181205

# نذرانہٕ

میر واعظ مولانا محمد فاروق

ءِشِدِ ناوٕ!

یِمن ءِتھ مےٚ سبٹھاہ رِتۍ تہٕ اژھبہٕ

تولقات اٲسۍ

یِم کٔشیرِ منٛز اکھ جدید ترٟین

تحقیقی ادارٕ قایِم کرُن یَژھان اٲسۍ

یِیتہٕ

کٔشیرِ تہٕ کأشرِ بن مُتلِق شاندار

تہٕ

جاندار تحقیقی کأم سَپدے تہٕ

محققن سارِیٚ سہوٗلیژ میسر آسہٕ ہَن۔

نِراش چھُس نہٕ اگر خۄن تہِ چھُس أچھَو هاراں

یہِ رایہِ تھُٲژِ مے کۆرمُت چھُ زۄل آبَس مَنٛز

(راہؔی)

# وار وِستار

# گوڈُت

''وَن وَ کھنے'' ناوٕ پٔنٛنٕمن تحقیقی تہٕ تنقیدی مقالن یا لیکھہٕ پارَن ہُنٛز اکھ سوٚمبرن کِتابی شکل اَنٛد رٕ پیش کرٕنس منٛز یوسہٕ مسرت بہٕ اَز محسوٗس کران چھس تمہِ وبرٕھنے نگہٕ سہٕ مےٚ لفظن منٛز گرٕنی۔ یم چھہٕ تم لیکھ یم زیادٕ تر کٔشیرٕ تہٕ کأشرٕ بٔن، کأشرِ زبأنی، اَدبس تہٕ تہذیبی انہارَن مُتلِق چھہٕ۔ یم فن تہٕ ادبہٕ کِہن شوقینَن تہٕ جانان پرٕتھ دورَس منٛز بکار یِوان روزَن۔ وُچھن چھُ یہٕ زِ پَرن وألی کمہٕ انمانہٕ تہِن یمن جأیزٕ تہٕ پٔنٛن ردِعمل کرن ظأہر۔ گذٲرِش چھم اَکے زِ یمن مُتلِق سیٚدِ سیوٚد یا بُنیاد بنأوِتھ یہٕ کہنٛوھا لیکھو مےٚ گوڈِ تمہِ کاپی سوزِنی۔ یُتھ بہٕ تِمن سام ہیکہٕ ہیتھ تہٕ پٔنٛنۍ تاثُرات ہیکہٕ ظأہر کٔرِتھ۔ یہٕ دوے یہٕ ضروری باسیم۔

''وَن وَ کھنے'' چھُ سو ترکیب یوسہٕ ''وَن'' تہٕ ''وَکھنے'' لفظن ہُنٛز مِلہٕ ونہٕ ستۍ وجوٗدَس آمٕژ چھہٕ۔ ''وَن'' گو وُنن۔ اتھ منٛز چھُ تہٕ سورُے یِوان یہٕ

کینژھا لیکھنچ شکلہِ مَنز وُوپِد یا یہِ کینژھا زبانٕ زبانٕ وَننہٕ تہٕ پھِرنہٕ یِیہِ۔ غرض یہِ چھُ تِمن دوشوٕنی خانَن اِحاطہٕ کران یہِ زَن اَدب تہٕ لُکہٕ اَدب رٔنگی زاینہٕ لبان چھُ۔

''وَکھنے'' لفظُک اصل مانے چھُ واشہِ راوُن۔ وِبژھنے (تشریح یا تفسیر)۔ یِمن ہِنٛدی اَہَم اَنٛگ یا جُز ژھأر (تلاش)، پُرسان، پُرخاش، پرکھ، تنقید تہٕ سام یا جائزٕ چھِ۔ چوٗنکہِ یِمہٕ سوٗ برنہٕ ہُنٛد توٗلُق چھُ تحقیق تہٕ تنقیدس سٕتی مے باسیوٚ یِمن مضموٗنَن یا مقالن یِکہٕ وٹہٕ گوٚنٛڈ کرنہٕ خأطرٕ ''وَن وَکھنے'' ناو سبٕٹھاہ رُت تہٕ مُناسِب تہٕ سبٕٹھاہ زوٗدار تہٕ شوٗبہٕ دار۔ اَمہٕ علاوٕ چھُم نہٕ بێیہٕ کینٛہہ پێتِمن وَنُن کیٚت۔ پرٛتھ اکھ لیکھ، مضموٗن یا مقالہٕ چھُ پننہٕ موضوٗعُک پانہٕ اَنہٕ۔ یہِ چھُ پنٕنی پأٹھی پوٚز تہٕ پرٛوکھُٹ عکس پیش کران۔

اوتار کرشن رہبر
شتابدی وِہار، سیکٹر 52،
فلیٹ نمبر 2 بی، پلاٹ پی 5،
نویڈا (یوٗ۔پی)201310

سَنہٕ 2014
فون نمبر: 09015766866



# أرِنہِ مال عرُف اَرنہِ مال

## (اکھ تنقیدی سام)

1995 عیسوی یَس اَندر سپز امین کاۂمل سٕنز کِتاب ''کُلیات حبہِ خوتوٗن'' چھاپ۔ اَمہِ پتہٕ ووتلو اَدبی حلقن منٛز اکھ بحث۔ اَوتھ تام یوٚدوَے ڈاکٹر اکبر حیدری یَن یہِ فأصلہِ صأدِر فرمووُمت اوس زِلل دیدِ تہٕ حبہِ خوتونہِ ہُنٛد وجوٗد چھُ محض فرضی۔ کاۂمل صأبن کٔر تِتھین فرضی شاۂرن ہنٛدِس کھاتَس منٛز أرِنہِ مال تہِ شاۂمل۔ کاۂمل صأبن چھنہِ اَزتام ڈاکٹر حیدری سٕندین خیالن مُتلِق کانٛہہ راے ظاۂہر کٔرمٕژ۔ یوسہٕ سبٹھاہ ضروٗری آس۔ مےٚ سیٚد حیدری صأبَس سٟتۍ اتھ موضوٗعس پیٹھ سبٹھاہ بحث۔ یُس کاۂفی وقتس جارٕی روٗد۔ تہٕ تیمکی کیٛنٛہہ حصہٕ ''سرینگر ٹایمز'' کیٛن کینژن شُمارَن منٛز اَز تہِ موجوٗد چھِ۔

کاۂمل سآب چھِ بے شک تِمن لِکھارِین منٛز شاۂمل یِمو حبہِ خوتوٗنہِ مُتلِق اَزتام وارِیاہ لیوٗکھ۔ یِمن منٛز تِہنٛد سٹیج ڈرامہ ''حبہِ خوتوٗن'' (1956)ء اُردوٗ

زبأنؠ منٛز اکھ رِکتابچہٕ ''حبہٕ خاتوٗن'' (1959) تہٕ ''کُلیاتِ حبہٕ خاتوٗن'' (1995) قابلِ ذِکر چھِ۔ سٹیج ڈرٛاما سپُد کشمیر نیشنل تھیٹر طرفہٕ پیش تہٕ ہِدایت کار آسۍ آر۔کے۔برارو۔ یہٕ چھُنہٕ اَزتام چھاپ سپُدمُت۔ باقٕے ژٕ رِکتابہٕ چھےٚ رِیاستی کلچرل اکادمی چھاپ کٔرمٕژ۔ کأمِل صأب ہٕنٛدین خیالن منٛز یُس نوٗن تضاد موٗجوٗد چھُ سُہ چھُنہٕ دوٗر سپُدمُت۔ وومید اَس تم کرن پننہِ اَخری رِکتابہِ منٛز حبہٕ خوتوٗنہِ مُتلِق پننٕۍ ذأتی رأے صفأیی سان پیش تہٕ اَمِن اکھ واضح تصویر بڑوٗنہہ کُن۔ مگر تہِ چھُنہٕ سپُدمُت۔ ٹھیکہِ چھُ اصل موضوع ہُرمُر نوٚبن کھُربن تہٕ جنٛجالن منٛز ہبنہٕ آمُت۔ حبہٕ خوتوٗنہِ ہُنٛد کلامہٕ تہٕ چھُنہٕ سائنٹِفک بنیأزن پیٹھ ترتیب دِنہٕ آمُت۔ یہٕ زَن توقع اوس۔

بہرحال یہٕ تھاوٕ وُنۍ کٔمن پٔتِن یہٕ جأیِز اَرکنہٕ مالہِ تامٕے محدوٗد تاکہِ میأنؠ خیال ہیٚن واشہِ رأوِتھ تہٕ گاشہِ رأوِتھ بڑوٗنہہ کُن تہٕ اصل ہرتر اخذ کرنٕس منٛز یِی نہٕ کانٛہہ وَدل۔

یمو دوہو پیٹھ مےٚ پننہِ رِکتابہِ ''کأشرِ اَدبٕچ تأریخ'' مُتلِق تحقیقی مواد سوٗمبراوُن تہٕ البساوُن ہیوٚت۔ مےٚ سپُد کشیرِ ہٕنٛدِس ناماوار مورِخ پی۔این۔کے بامزٕی سٕتۍ مُلاقات۔ مےٚ وون تٔس ''توٚہہ چھِو پننہِ کشمیر ہسٹری (1960) منٛز اَرکنہٕ مالہِ ہُنٛد ذِکر کوٚرمُت۔ امہِ شیٚچھہِ ہُنٛد آگُر کیاہ چھُ: ''پاپولر ٹریڈِشن'' (Popular Tradition) یانے ''مشہوٗر تہٕ مقبوٗل روایژ'' ...... تمۍ دِژ ہکہِ جواب۔ مےٚ پرٛژھمس: ''حبہٕ خوتونہِ مُتلق چھُ عام پأٹھۍ وننہٕ یِوان زِ تٔس چھِ ژٕک بادشاہ یوٗسف شاہَس سٕتۍ سٕبٹھاہ قرٛبی توٗلُقات روٗدۍ مٕتۍ۔ مگر

کیٚژن ہُنٛد وُنُن چھُ یہِ زِ سو آس نہٕ کٲشیرِ ہنٛز ملکہِ یا مہارانٔی زٕنہے۔ تو ہی کتھ بُنیاز پیٹھ چھِوتس کٲشیرِ ہنٛز مہارانٔی (ملکہِ) تسلیم کران؟"

"پاپولر ٹریڈِشن" تِمہٕ پھِرِ بیے لفظ دُوبارٕ۔ بے شک مشہوٗر تہٕ مقبوٗل ریوایژ چھےٚ محقِقہٕ سُنٛد اکھ اہم ہتھیار یا وسیلہٕ خاص کرتمہٕ وقتہٕ ییٚلہِ زَن بیانن منٛز بتھیرِ کھُر یا تضاد موٗجوٗد آسہِ۔ یا موضوٗعس مُتلِق سبٹھاہ کم معلوٗمات میسر آسن۔ کٲشُر زبانٔی تہٕ اَدبس منٛز چھُ امہِ کِنی تتھ موادس سبٹھاہ اہمیتھ حاصِل یُس سینہٕ بہٕ سینہٕ اکہِ پیرِ پیٹھہٕ دوٚیمہِ پیرِ تام ووٚتمُت چھُ۔ محقِق ہنٛدِ خاطرٕ چھےٚ یہِ اکھ سوکان ییٚمہِ منٛزٕ سون کڈُن تِمہٕ ہنٛز کٲم چھِہ۔ یہِ چھُ محقِق سنٛزِ صلاحیژ، توٚژھ تہٕ توانگرس پیٹھ منحصر زِ سُہ کوتاہ سیدِ یہِ حاصِل کرِنس منٛز کامیاب۔

پی۔این۔کے ۱[1] چھُ اکھ سُہ شخص ییٚمہٕ ہنٛدِس گرس منٛز ادبی، تہذیبی تہٕ ثقافتی سرگرمین ہُنٛد ژونگ پتھ کالہِ پیٹھہٕ دزان روٗدمُت چھُ۔ تِمہٕ سُنٛد مول پنٛڈت آنٛند کول بامزٔی اوس بذاتِ خود پننہِ زمانٕک اکھ مشہوٗر ناویٚ کٲشیرِ ہنٛدِس ادبی، تہذیبی تہٕ ثقافتی وراثتس زنتہٕ زوٗل کرِنس منٛز کانٛہہ کسر باقے تھاوِنہٕ۔ اتھ پوٚت منظرس منٛز یہِ کیٚژھا شیٚچھِہ پی۔این۔کول بامزٔی یَس تام واتُھمژ چھےٚ تتھ چھِہ بارٕ اہمیتھ حاصِل۔ یی ہِکو پریم ناتھ بزازس مُتلِق تہٕ وَنِتھ۔

[1] بامزٔی صابُنس مُتلِق پوٚرمے اکھ مقالہٕ اَکِس محفِل منٛز ییٚمیٚک سنٛز کلچرل اکادمی کوٚرمُت اوس۔ یہِ چھُ ییٚتھ سوٚمبرنہِ منٛز موٗجوٗد۔

بامزٕی صأبن یہِ کیٚنژھا اٚری نہٕ مالہِ ہٕنٛد ذِکر کران لیٚوکھمٕت چھُ تمیک
ہرتر چھُ یتھٕ پأٹھۍ:

''اَرنی مال ناوچہِ بٹنہٕ چھِ کأشرٕن ہنٛدۍ دِل پننِو وژنو ستی زِنٛمتۍ تہٕ
رٕنٛزٕناوی مٕتۍ۔ تہنٛدۍ باتھ چھِ موسیقی منٛز پیش کرنہٕ یوان روٗدی مٕتۍ۔
یمن منٛز تہنٛز امیجری تہٕ سوز و گداز اِنتہاہس پٹھ واتان چھِ۔

سو زایہِ اٚکِس جان اوسوٗد حال گرس منٛز۔ سو ترٛاوٕ پنٛنہٕ خانٛدارن
یُس مُنشی بھوأنی داس کاچرو ناو اوس۔ بھوأنی داس اوس اکھ نفیس
فارسی عالم تہٕ شأیر۔ پنٛنِس خانٛدارس نِشہِ ژھبنہٕ گژھنن دبُت ارنہٕ
مالہِ ہنٛدِس شأیرانہٕ مزاجس زیادٕ دے وُتلش تہٕ سو روٗز مولہِ وِنۍ شار
ونان۔ تمٕ ہنٛز شأیری منٛز چھنہٕ مِسٹسزمچ (Mysiticism) کانٛہہ چھی
نہٕ مذہبی تجربٕن ہنٛز کانٛہہ باوتھ۔

خانہٕ دارس نِشہِ الگ گژھتھ چھُ تمٕ سُنٛد ہمسفر یٚنٛدر بنان۔ تمٕ
ہنٛدۍ دہانہٕ یم وژن نیران چھِ تم چھِ یٚنٛدرٕچہِ لے تہٕ تالہِ ہٕنٛد زیر
و بم لٔیتھ اتھ ستی کٔنۍ سپدتھ زٕو زبتہٕ لبان۔''

بامزٕی صأب نہٕ سطرٕ چھےٚ انگریزی یَس منٛز یتھٕ پأٹھۍ:

"There is yet another lady, this time a Kashmiri Panditani by name Arnimal, whose lyrics have captivated the hearts of Kashmiris. Her songs have been set to music and their imagery and pathos are moving to the extreme. Bornin a well-to-do family, Arnimal was deserted by her

husband Munshi Bhwani Das, a profound persian scholar and prolific writer. The desertion awakened the muse of Arnimal. Her poetry is deviod of the mystic touch and religious experiences. It speaks of heart of the human soul. After separation from her husband, the spinning wheel became her constant companion and she composed her songs in tune with the sound of moving wheel."

میٲنٮ۪ کِتاب ''کٲشرِ اَدبچ تٲریخ'' (جلد اکھ) سپٕز 1965 عیسوی یَس مَنٛز چھاپ۔ اۆتھ تام آسہٕ پانٛژ کِتابہٕ یِمن مَنٛز أرنہٕ مالہِ ہُنٛد سیٚد سیوٚد تذکرٕ سَپُد مُت اوس۔ یِمہٕ چھِ (1) کشمیری لیرِکس (Kashmiri Lyrics) مُصنِف پرٛوفیسر جیال لال کول چھپَن سَنہٕ 1945ء (2) کشمیری زبان اور شاعری، مُصنِف عبدالاحد آزادؔ (3) ڈاٹرس آف وِتستا (Daughters of Vitasta) مُصنِف پرٛیم ناتھ بزاز (4) کٲشر شاعری (1960ء) مُرتب پرٛوفیسر محی الدین حاجنی تہٕ (5) ہسٹری آف کشمیر (1962) مُصنِف پی۔این۔کے بامزئی۔

میانِہ کِتابہٕ پَتہٕ کیہہ کٲلۍ یانے 1968ء سَنس مَنٛز سپٕز پرٛوفیسر جیال لعل کول سنٛز بیا کھ کِتاب سٹیڈیز اِن کشمیری (Studies in Kashmiri) چھاپ۔ یِمو سارِوے کِتابو پَتہٕ یُس تنقید تہٕ تحقیقن وُسجار لوٚب أرنہٕ مالہِ ہُنٛد ذِکر رؤد قسم وار طریقن مَنٛز سپدان۔ مگر کٲنٛسہِ وۄن نہٕ یہٕ زِ أرنہٕ مالہِ ہُنٛد وجوٗدے چھُ فرضی۔ تَس اوس نہٕ بھوانی داس کاچرو ہَس ستی کانٛہہ رِشتہٕ بیٚترِ بیٚترِ۔

وِزِ وِزِ لۆکن ہنٛز فرمایش پٮ۪ٹھ نشر سپدان۔

کینٛہہ وٕری گژھتھ بنےٚ یہِ اکھ ٹیلی فِلم یوسہٕ دۆر درشن سرینگرٕ پٮ۪ٹھٕ ٹیلی کاسٹ سپز۔ تحریر اوس پرۆفیسر ستار احمد شاہد سُنٛد۔ تہٕ کہانی اُس الہٕ پلہٕ سوے یوسہٕ "رینٛہہ تہٕ آنچ" اُس۔

کاٚمِل صابنٛہ کِتاب چھپنہٕ برٛونٛہہ بٔہو وَنور وٕر اَرِ نہٕ مالہِ ہُنٛد اکھ وژُن بحثُک موضوٗع۔ یہِ چھُ سُہ وژُن یُس: "کر ییہِ درشُن دِییہِ" ہرِ یتھ شۆرۆ سپدان چھُ۔ یہِ چھوپ غلام محمد نۆر محمد ناوِک کِتاب فروشن محمود گامی سُنٛد کلام زانٛنتھ۔ تِکیازِ لیٚوکھُت چھُ نون تہٕ ٹاکارٕ لی ونان ؎

زرٕ زولتھس کوتاہ زرے　　　　برٕ اژھ تَم ژٕ دِلبرے

محموٗدس ارمان چھُ یے　　　　کر ییہِ درشُن دِیے

مےٚ چھُ اتھ وژنس مُتلق پننِ خیالن ہُنٛد اظہار "کاشرِ اَدبٕچ تارٟخ" منٛز کۆرمُت۔ یوسہٕ 1965ء سنس منٛز چھاپ سپز۔ کاٚمِل صابن یُس عبدالاحد آزاد سُنٛد تضاد گاشرومُت چھُ سُہ چھُ نۆن تہٕ واضح۔ مگر کأنٛسہِ اَکس زٕنی سُنٛد کأنٛسہِ مُتلق بیان نظرِ تھاوِتھ یہِ فاصلہٕ دِیُن زِ بٮ۪ین کأنٛسہِ ہُنٛد وجوٗد چھُ فرضی۔ یہِ گو پشہِ پٮ۪ٹھی شین والُن۔ بقول کاٚمِل "یہِ لگہِ نہٕ مُشراوُن زِ محموٗد گامی چھُ تارٟخی حقیقتھ تہٕ اَرنہِ مال چھےٚ فرضی کِردار۔"

(صَفہٕ 80، کُلیات حبہٕ خاتوٗن)

میٲنی کتھ کران چھُ لیکھان:

"اوتار کرشن رہبر چھُ گوڈٕ محموٗد گامی یُن سوزٕے یہِ نو بنٛد باتھ

دِوان۔ یَتہٕ چھُ یِمہِ منٛز ژور بنٛد الگ کڈِتھ دِپان یم چھِ اَرِنہٕ

مالہِ ہنٛدی اَہنٛدِس کلاس ستیٚ رل گاٚمتیٚ تِکیاز یِمن چھُ اَرِنہٕ ہُنٛد

رَنگ۔ یہِ عجیب کمپیوٹری رَنگہٕ ژارے چھےٚ حاٚرتھ ناکھ خاص کر ییلہٕ

لیکھان چھُ زِ یہِ چھُ تمہِ اثرُک نتیجہ یُس زَن اَرِنہٕ ہنٛدبو وژنو

محمُودس پیٹھ تژوومُت اوس...... باسان چھُ زِ محمُود آسہِ ہیے پننہٕ

شاعری ہنٛدِس گوڈٕ کالس منٛز اَرِنہٕ ہنٛدنے لولہِ ہُربن اوٕریور گرِتھ

شاعری کران۔"

یہٕ کرِ عرض محمُود گاٚمی چھُ کاشُر شاعری ہُنٛد بے شک اکھ سبٹھاہ موتبر ناو

تہٕ قداور شاعر۔ یُس پننہٕ خوٗبی تہٕ خصوٗصیو چھےٚ۔ تمۍ یم تم تجرُبہٕ فارسی اَدبہٕ کِمن

اثراتن تحت کرِی، تمو دبُت کاشُرِ زباٚنی تہٕ اَدبس وارِیاہ کینٛہہ۔ ظاٚہر چھُ محمُود گاٚمی

آسہے تظمین کرنہٕ کِس فنس ستیٚ واٚقف۔ یتھ منٛز اکھ شاعر بیٚیس کاٚنسہِ شاعر

ہنٛدِ کُنہِ باتہٕ یا نغمہٕ ستیٚ چھُ تیوٚت متاٚثر سپدان زِ سُہ چھُ امی آیہِ پننٛ شار اتھ

ستیٚ جوڑان۔ محمُود گاٚمی چھُ میاٚنی کنۍ اَرِنہٕ مالہِ ہنٛدِ وژنہٕ ستیٚ تیوٚت متاٚثر

گوٚمُت زِ تمۍ چھُ اتھ تظمین کرِمُت۔

اَرِنہٕ رَنگ گوم شراون ہی یے     کر ییٚیۍ درشُن دِیے

یہِ چھُ سُہ گوڈٕ شار یتھ پیٹھ اَرِنہٕ مالہِ ہنٛدِ رَنگٕچ محر دوٗرِ ناپان چھِ۔ اَرِنہٕ

مالہِ ہنٛدی وژن چھِ سبٹھاہ موخصر۔ زیادِ کھوتہٕ زیادِ ژون پاژن بنٛدن پیٹھے

مشتمل آسان۔

کاٚمل صاٚبَس کرِ یہٕ یتہٕ عرض زِ کوتاہ بوڈ تہٕ شاعر اُستَن تَس چھُ لوکچار

تہِ آسان۔ سہ چھُ سہ زمانہٕ تہِ وُچھان یَتھ مَنزٕ لس تگ بَندی ترٛأوِتھ اصل شار وننہِ خأطرٕ وارِیاہ اتھہِ کھور مارِنی چھِ پیوان۔ یَتھ مَنز سہ پَننی پأٹھی قسمہٕ قسمہٕ تجرُبہٕ کرِنَس پیٹھ آماد چھُ سپدان۔ اُرْدنہٕ مالہِ ہُنْد دور چھُ پرٛتھ حالتس مَنز اردا ہمہِ صُدی ہَتی ختم سپدان تہِ محموٗد گأمی یُس پَنُن اصل کمال تہٕ جمال ہاوان چھُ سہ چھُ اردا ہمہِ صُدی پتے۔ اَسہِ پزِ نہٕ یہِ کتھ تہِ زٕہنے مُشراوٕنی۔

امیُک مطلب چھُنہٕ ہرگز یہِ زِ بُڈی شأیر کیاہ چھِنہٕ تظمین ناوِکی تجرُبہٕ کران۔ بُڈی شأیر تہِ چھِ پَننی ہمکال شأیرن اِد تِم عمرِ لحاظہٕ تِمن زِٹھی اُسِ تَن یا کأنسِ مُتأثِر سپدان تہِ بعضے تِمی آیہِ شار وننہٕ نَس پیٹھ آماد سپدان۔ مثلن بیہ کرِ کأمل صأبنی کتھ تِمو لیُوکھ شیفع شوق ہندِس انداز س مَنز اکھ بأتھ۔ یِمیُک اعتراف کأمل صأبن پانہٕ کوٗرمُت چھُ۔ بنان چھُ محموٗد گأمین یوٗ دوے پَنُن کلامہٕ پانہٕ ترتیب دِتھ چھپوومُت آسِہ ہے سہ تہِ ما کرِے امیُک اِظہار تہٕ وارِیاہ کتھہِ نیرِ ہَن ننہِ۔

روٗد کمپیوٹر تہِ امچہِ کامہٕ ہُنْد سوال۔ کأمل صأبَس پزِ یہِ سمجھُن زِ کمپیوٹر ووٗتھ نہٕ اسمانہٕ۔ یہِ بنوو اِنسانہٕ۔ اِنسأنی دِماغ چھُ بذاتِ خود اکھ سپُر سپُر (Super) کمپیوٹر۔ اتھ ہش سپز نہٕ ازتام کانْہہ میشن ایجاد۔ بے شک از کل چھِ کمپیوٹر دِلچسپ تہٕ حأرت ناک کامہٕ بامل أنان۔ یمہٕ وُچھتھ یہِ وسواس تہِ خوف ووتلان چھُ زِ کُنہِ دوہہٕ گوٗژھ نہٕ تیُتھ کمپیوٗٹر وجوٗدس یُن یُس نہٕ اِنسأنی حکمس طابع روزِ۔ یُس اِنسأنی دِماغس پامال کرِتھ اتھ پیٹھ غلبہٕ پرٛاوِ۔ یہِ صوٗرت چھے یقینَن خطرناک یوسہٕ پوٗرِ دُنیاہَس لرِپار کرِتھ ہیکہِ۔ اتھ

موضوٗعس پیٹھ بنے یہِ کیٛنٛہہ فِلمہٕ تہٕ یمہٕ سبٹھاہ دِلچسپ آسہٕ۔ مگر پزر چھُ یہِ زِ ازتام روٗز اِنسانٛی دِماغچ بالا دستی قایٖم تہٕ دٲیِم۔ تہٕ شاید روزِ بزٕ وُنہہ گن تہٕ۔

اِنسانٛی دِماغ چھُ ازتام پننو بے جور صلاحیتو ستی مختلف رنٛگن تہٕ صوٗرتن منٛز پنُن زورِ کمال ہاوان روٗدمُت۔ یُس زِندگی ہندبن مختلف شوبن منٛز نوٚن تہٕ ٹاکارٕ چھُ۔ یمن شخصژن فن تہٕ ادبک شوق تہٕ ذوق سُنٛتھ گرٛھان چھُ تِم چھِ بے شک وُنتھ ہبکان کوسہٕ تخلیق کسنٛز گرٛژھِ آسنہٕ تہٕ کُس شار کُنٛد چھُ؟ بیٚترِ بیٚترٕ۔ مےٚ چھُ افسوٗس زِ کاٚمِل صاَبس ہیٚوٗ شخص چھُ تتھی ہی سوال پرٛژھان؟

توتہٕ کرٕ بہٕ عرض زِ شاعرٕ سُنٛد لفظہٕ ووٗتُر (Diction)، خیالن ہنٛز گتھ تہٕ روٚش، شارن ہُنٛد گرتھ، تہٕ دِل دُبراےٚن ہنٛدی انہار چھِ نہٕ صرف تمی سُنٛد مخصوٗص مِزاژک پےٚ دِوان۔ بلکہ امیک اٚنہٕ بٕنتھ سہٕ رَنٛگ ظاہر کران یُس شاعرٕ سنٛزن خوٗبین تہٕ خصوصیٚژن ہُنٛد ترجمان آسان چھُ۔ یوہے رَنٛگ چھُ اِنسانٛی دِماغ پننہِ پاٚٹھی بدِ کڈِتھ رنٛگہٕ ژارے کرتھ ہبکان۔ یہِ چھُ سپدان تہٕ یہِ روزِ سپدان۔ کامیاٰبی ہُنٛد دارمدار چھُ فقط اِنسانہٕ سنٛزِ کوٗششہِ تہٕ صلاحیژ پیٹھ ڈٲرِتھ۔

ارجن دیو مجبوٗر سنٛز یوسہٕ کِتاب 2004ہٕ سنٛس منٛز "اٚرنہِ مال" ناوس تحت مارکس منٛز آیہِ اتھ منٛز چھُ "کر ییہ درشُن دِیے" وژنک اکھ بیاکھ بنٛد ڈری یافت سپدمُت یُس تتھٕ پاٚٹھی چھُ ۔

| | |
|---|---|
| بہٕ ژھٔس پژاران منٛز پلہالن | لالہِ پھیران تلہِ مُلہِ نالن |
| پوشہِ ڈالیا تَس کُس نیہ | کر ییہ درشُن دِیے |

صاف چھُ لبنہٕ یوان زِ یہِ گرٛژھِ اٚرنہِ مالہِ ہُنٛد آسُن نہٕ کہِ محموٗد گاٚمی ہِنٛن۔ محموٗد

گامی سُند کلام یُس ازتام چھاپ سپُد تتھ منز چھِ غلام نبی خیالؔ سنز کِتاب محمود گامی تہٕ ناجی منورنؔ سنز کِتاب ''کُلیات محمود گامی'' قابلِ ذِکر۔ ناجیؔ سنزِ کِتابہِ منز چھُ ''کرِپے درشن دِیے'' وژن 44 نمبرس تحت 105 تہٕ 106 صفس پیٹھ درِج۔ اُخری بَند چھُ سُے۔ یتھ منز محمود گامی سُند لیکھت ناپان چھُ یُس مے بڑوٹھے پیش کۆر۔

اتھ وژنس منز چھِ داہ بَند نظرِ گژھان۔ مگر یہِ بَند چھنہٕ اتھ منز موجود یُس ارجن دیو مجبورن ڈری یافت کۆرمُت چھُ۔ اَمہِ بَند کِمن شارن منز چھِ تمہ ساری عناصر موجود یِم میانہِ رنگہٕ ژارہِ کِنہ اُرِ کہٕ مالہِ ستی زیادٕ ہشر تھاوان چھِ محمود گامی یَس ستی کم۔ یِمن منز چھےٚ سوے اور زوے، سوے ترٛشناتہٕ سوے ژپ موجود یوسہٕ اُرِکہٕ مالہِ ہندِ کلاچ زُوتہٕ جان تہٕ ہنگ تہٕ رنگ چھِ۔

یہِ بَند چھُ کیتی سوال کھڑا کران تہٕ میون خیال چھُ بیٚیہ ہَن پوچھر لبان زِ یہِ سورے وژن چھُ دراصل اکھ تظمین تیِچ اصل خالق اُرِکہٕ مال چھےٚ۔ یتھ ستی محمود گامی یَن پنٕز کینہہ بَند جوڑتھ مزید برزر کۆرمُت چھُ۔

میانہِ خیالہِ چھنہٕ امہِ وژنہٕ کِس ہرس اُرِکہٕ مالہِ ہندِس اصل ناوَس ستی کانہہ تولُق۔ تکیازِ گولاب، یوسمن، یمبرزل، ہی، شمشاد، بوٗنی بیٚترِ پوشن تہٕ گُلمن ہندی پاٹھی چھنہٕ اُرنی ذہین بطور ناو ورتاوس منز روٗدمُت۔ تکیازِ ''اُرنی'' چھنہٕ خوبصورتی ہنز علامت ذہین زانہٕ آمُت۔ اُرِکہٕ رنگ چھُ زردی یا لبدر بر پھیرنس تہٕ زوٗ کِنہ ژھبتہٕ گژھنہٕ کِس معنے مطلبس منز استعمال سپدان روٗدمُت۔ اُرِکہٕ مالہِ تہٕ چھُ یہِ لفظ اُتھی معنے یَس منز ورتوومُت۔ سو چھے

ونان زِ سو تہٕ پأٹھی ہی پوشکو پأٹھی بڑوٚنہہ پھولان تہٕ زُوان أس تہٕ خوبصوٗرت لگان أس تتھ چھےٚ أرِی نہِ رنٛگِ زردی پھیرمٕژ۔ سو چھےٚ یہِ ڈیٚپِ زِ تہٕ لوٚسمٕژ۔ موردنی چھُ لتس نال وۆلمُت۔ سو چھےٚ عشقہٕ مُتی سُند بُتھ وُچھنہٕ خأطرٕ ترٛسان۔ باسان چھُس زِ یوٚدوَے سُہ پیہِ درشن دِیہِ سو مالہِ راحتِ جان۔

سأئلم کأشرِ شأیری منٛز یم کینٛہہ شار أرِی نہِ رَنگ کِس پسِ منظرس منٛز ونہٕ آمتی چھِ تم چھِ أتھی لحاظس منٛز ورتاونہٕ آمتی۔ مثلن یم مِصرٕ نی توکھ:

''أرِی نہِ رَنگ گوم چانہِ امارٕ'' یا ''وبہِ ہیٚیہِ تنہٕ أرِی نہِ ہُنٛد رَنگ گوم بیترٕ۔

ووٗنی چھُ سوال پأدٕ سَپدان زِ شأیِر سُند اصل ناو کیاہ اوس؟ یہٕ کرٕ عرض زِ أرِی نہِ مالہِ ہُنٛد اصل ناو اوس ''اَرِنہٕ'' مال یا ''اَرنی مال''۔ یُس بٔڈ زنانٕن منٛز پتھ کالس منٛز سبٹھاہ مُروج اوسمُت چھُ۔ ''اَرِنٛز'' (یا اَرنی) لفظُک تولُق چھُ سیٚدِ سیوٚد ''اَرُن'' ہٕلفظس سِتی۔ ''اَرُن'' چھُ مُذکر تہٕ ''اَرِنٛز'' بطور مونث ورتاونہٕ یِوان۔ اَرُن لفظُک اصل مانے مطلب چھُ کھسہٕ وِنہِ ہری یک یا اختابک سُہ ووٚز جار یُس یہِ وۆپدان وۆپدان نموٗدار سَپدان چھُ۔ یہِ چھُ وۆشلُن ہیوٗ باسان تہٕ بے حد خوش یِوٚن لگان۔ أتھی چھُ ''اَرُن'' ونان۔ تہٕ ''اَرنہِ'' ناو چھُ یِموٚے وصفو کِنٛز زنانٕن ہِنٛدِ خأطرٕ سبٹھاہ ٹوٚٹھ تہٕ مقبوٗل روٗدمُت۔ اَسہِ سِتی أسی 1990ہٕ سنٕس تام نرپرستان سرینگرس منٛز بِلکُل لرِلوٚر ''سفربن'' (سپرٗو) ہِنٛدی ژور پانٛژ گرٕ روزان یِہنٛزِ أکِس زنانہِ اوس ''اَرِنٛز'' ناو۔[1] مگر ہمسایہِ أکِس أرِنی تہٕ

---

[1] خاندارِس اوٚسُس پریم ناتھ سپرٗو ناو۔ یمن أسی زٕ لڑکہٕ موتی لعل تہٕ رتن لعل۔

ونان۔ اَرِنی تہٕ اَرِنی لفظ چھِ کاشُرِس منٛز دراصل خلط ملط گٔمتی۔ یہِ سوٗرے چھُ غآر شعوری طور سپدان اتھ منٛز چھُنہٕ کانٛہہ شعوری کوٗشش شامِل آسان۔ أرِنہٕ مالہِ ہٕنٛز ذاتی زِندگی چھُ یہِ کرنٕس منٛز وارِیاہ مدد کوٗرمُت۔ یٔیلہِ حقیقی طور ارِنی أرِنی بنیو۔

أرِنہٕ مالِ ہُنٛد ناو چھُ کینٛژو لِکھاریو پٔتمین لیکھِ پارن یا کِتابن منٛز مِسز بھوأنی داس تہٕ رانی تہٕ لیٚوکھمُت۔ مےٚ چھُنہٕ تران فِکری اتھ منٛز کیٛاہ حرج چھُ؟ بھوأنی داس نہٕ زنانہِ یِی نہٕ مِسز بھوأنی داس ونُنہٕ اِدِ کیٛاہ ونوس۔ رانی چھُ عام بٔڈیٚن گرن منٛز نوٗشن ونُنہٕ یِوان۔ بیگم شیخ محمد عبداللہ أس بیگم عبداللہ ناوے عامن تہٕ خاصن منٛز مشہوٗر۔ اکبر جہاں ناوٕ اُسی تَس کٔہے لُکھ زانان۔ حالانکہِ کشیرِ منٛز یِمہِ زنانہٕ لیڈر ووتلیمہِ تِمن منٛز اوس تَس تھوٗد پایہ حاصل۔ آزادن چھُ یِتہٕ لیٚوکھمُت زِ أرِنہٕ مالہِ اوس مالِنیٚک ناو ہی مال تہٕ وأرِو ئیک اوسُس "أرِنہٕ مال" (اَرنی مال)۔ محمد یوسف ٹینگن یِمہٕ ساتہٕ "کشمیری زبان اور شاعری" کِتابہِ ہُنٛد جلدِ 2 کلچرل اکادمی باپتھ چھاپنہٕ خاطرٕ ترتیب دِیُت تٔمی دِژ مِسز بھوأنی داس ناوِ بدلہِ "أرنہٕ" ناوس ترجیح تہٕ امیٚک ذِکر کوٗرُن فُٹ نوٹس منٛز یِتھہٕ پأٹھی:

"آزاد نے اِس باب کا عنوان مِسز بھوانی داس رکھا ہے مگر ارنی مال اپنے نام سے مشہور ہے۔" (صفحہ 25۔ کُلیات حبہ خاتون)

مگر کأمِل صأب چھِ اتھ پٹھ تبصرٕ کران ونان: "یہِ گو آزادس زورٕ "أرنی مال" ناو پُشراوُن۔ پٔتھ شیرٕ ژأر چھے بعضے اہم تحقیقی مالَن کھٕر تہٕ

ہبکان اَنتھ۔"

مےٚ چھُ باسان ٹینگ صأبن یوسہٕ پہل اتھ سِلسِلس منٛز بحیثیت ترتیب کار گرہٕژ چھےٚ سو چھےٚ حق بجانٕب۔ مسز بھوأنی داس، رانی ہیٚترِ ناو اوٗک طرف ترٛاوِتھ دبُت تمیٚ اَرینہِ مالہِ مُتلِق خاص بابس "اَرنی مال" ناوَس ترجیح تہٕ اتھ ذِکر کرن فُٹ نوٹس منٛز۔ یتھ نہٕ پرن وألِس نِش کانٛہہ کتھ کھٹتھ روزِ۔ یہٕ دوَے سہ امیُک ذِکر کرے نہٕ تیٚلہِ اوس سہ گوناگار۔ صفأیی ستیٚ دودھ تہٕ پونٛی الگ کرن وألِس ہکو نہٕ یتھ کانٛہہ ناو دِتھ۔

یہٕ تام اَرینہِ مالہِ ہُنٛد تولُق چھُ اَمی سٕتۍ زان پہچان حاصِل گرِتھ چھُ

نِنان:

(ا) اَرینہِ مال چھےٚ اختصارٕچ قأیِل۔ تہٕندۍ وژن چھنہٕ زیادٕ زٕ ٹھکی۔ یم چھِ موخصر۔ یم چھِ سبٹھاہ نوٗزُک۔ یم چھِ تم احساسات یم تہٕنٛزِ ذأتی زِندگی ستیٚ سیٚدِ سیوٚد واٹھ تھاوان چھِ۔

(ب) اَرِنٛی چھُ اکھ پٕنٛز۔ یوسہِ نہٕ کانٛہہ عالِم چھےٚ نہٕ فاضِل۔ یوسہٕ بالہٕ پانہٕ پیٚٹھے بھوأنی داسس بأگٕز آیہِ۔ تٔسی ستیٚ بڈٕ یہٕ تہٕ سپدیہِ بالغ۔ تم روٗدۍ اکھ اَکِس سبٹھاہ لأرۍ مگر یٔت بھوأنی داس پٕنٛز خاب پوٗرٕ سپدان وُچھان گو۔ اَرینہِ سپُد احساس یوسہٕ مایے تَس گوڈٕ گوڈٕ اَس تتھ منٛز چھےٚ فرق آمُت۔ ہی پوشس ہیوٚتُن اَرینہِ ہنٛزِ لیٚدر بر پھیرُن۔ زردی گٔیس ہنہِ ہنہِ نال ولان۔ تہٕ ییٚلہِ پَزرے باٗتن دون ژھٕنن لوٗگ۔ سو روز دِلی عشقہٕ ستیٚ سُنٛد بتھ وُچھنہٕ خأطرٕ

ترسان۔ تہٕ ونان: کرپیے درشن دِیے

(ج)　میانٛز بِکنٕز چھے "کرپیے درشن دِیے" وژنس پتھ أرکہٕ مالہٕ ہنٛز محر یا دسخط سبٹھاہ دوٗرِ ناپان۔ یتھہٕ پأٹھۍ: "رٕہ بخشتم پرور دِگارو۔ ژیے کیٛہو واتہٕ یو میانہٕ مرنے" وژنس پتھ حبہٕ خاتونہٕ ہنٛز محر لگتھ چھےٚ۔

یہٕ چھس نہٕ ییمہٕ کتھہٕ ہُند قأیِل زِ بٹہٕ کأشر تہٕ مُسلمان کأشُر چھُ بیٛون بیٛون۔ کأشُر چھُ کُنۍ۔ وونۍ گو یتھہٕ پأٹھۍ کأشرِ زبانۍ منٛز علاقہٕ وار، تعأیفہٕ وار پھیر موجوٗد چھُ تِتھے پأٹھۍ چھُ کینٛہہ مخصوص ریٛتھ تہٕ رواجو یا سنسکرت فارسی، تہٕ عربی اثراتو بِکنٕز مُسلمان تہٕ بٹہٕ بول بوشس منٛز کُنہٕ کُنہٕ ییٚتھ پھیر نظرِ یوان۔ یہٕ وُچھتھ پزِ نہٕ اَسہِ تھأشترُن۔ مُسلمان چھِ عام پأٹھۍ دیدار لفظ استعمال کران۔ تہٕ بٹہٕ چھِ درشن ونان۔ جذباتن ہنٛز گتھہٕ ستۍ تِتھین لفظن ہُند امی آیہٕ ہکہٕ نیرُن چھُ بلکُل نیچرل۔ یہٕ چھُ اکھ فِطری رُجحان۔ تِتھے پأٹھۍ نی تون سہٕ وژُن ییمِنٛگ ہُر "اُہی نی توسے چھُ"۔ یہٕ چھُ دوٗرِ ونان یہٕ چھُ أرکہٕ مالہٕ ہُند۔ کأشرِ موسیقی ستۍ وابستہٕ لِکھاریو دِژ یقینَن پننۍ پأٹھۍ اکھ بڈ کأم انجام اَدٕ یَس یوٚت تام نظر وأژ مگر یوٗتام کأشرِن شأیرن ہندِن ناوَن ستۍ یِم وژن وابستہٕ کرُنک سوال چھُ تتھ منٛز چھےٚ خأمی۔ تِہنٛز رائے ہمکون نہٕ ہرگز حتمی مأنِتھ۔ أرکہٕ مالہٕ ہُند رَنگ یِمن وژنَن منٛز نوٚن تہٕ پزٕ وکھٹ چھُ سہٕ چھُ قأبلِ توجہ مثلَن:

(۱)

آشاوانَن　ہندِ　آشودے
گتہٕ　منٛز　ہادم　گاشودے

لاہسن[1] گومو رأشووے[2] پڑاران چھسیو آشووے
میترن ہُنٛدے بیولا ووکٕزے شٔترن تہٕ گرِی زِ نہٕ ناشووے

(ب)

سونہٕ چھُم گیلان[3] کُنہِ چھُم نہٕ میلن پر زن ستۍ چھُم کھیٚنے
عشقہٕ دأدکی سۄر کوٚر پزبتہٕ شلن عشقہٕ ژۄر پھیوٚر بلہٕ وپرنے
عشقہٕ دود ہنہٕ ہنہٕ تنہٕ چھُم تیلن پر زن ستۍ چھُم کھیلانے

(ج)

نیٚہہ گٹہِ ژۄلے سیٚنٛدِ واو تڑأوِتھ تی کس نِش ہبکہٕ بأوِتھ بو
گرِ بال دڑایس سامانہٕ پڑأوِتھ کامنہٕ پڑاران لۄستم دوہ
یامن لأجنس گوم تبنہٕ لأوِتھ تی کس نِش ہبکہٕ بأوِتھ بو
کمہِ سونہٕ برٛیٚنس گن بزمہٕ رأوِتھ لشہِ نار زأجنس تی باوِ گس
پشہِ پشہِ تھوٚوٕنم بأوِتھ تہٕ بأوِتھ تی کس نِش ہبکہٕ بأوِتھ بو

(د)

مےٚ کرِ تَس رِکٕژ پوٚشن مالہٕ تہٕ چھاوِ نا ہی چھسَے میأنٛز دڑے
ہاوسہٕ برٛیٚمَس مَدکی پیالہٕ تہٕ پیہٕ نا لولہِ منٛز کرہے جاے
دڑشنہٕ تہٕنٛدے حال سنٛبھالہٕ تہٕ چھاوِ نا ہی چھسَے میأنٛز دڑے

[1] لاہسا چھُ تبتک مشہوٗر علاقہٕ۔ روایتھ چھےٚ یہٕ زِ بھوأنی داس کاچرو اوس اور گومُت [2] سفر [3] گیلن تہٕ چھُ ونہٕ یوان۔

(ڈ)

ہا ودلو مونہِ پھٔلی وٕنٛدیو پادَن آدن باجہِ میأنہِ یارو وے

آدنہٕ أٔسس رنٛزلا نادَن　　یاوٕنس قدر نو زانٔی مے
دِتمو درشُن چھم چانٔی لادَن　　آدن باجہِ میانہٕ یارو وے
کُکلو پری کوٕ تزٲوِتھ کولہٕ رادَن　　دُکلے ووغدِ میون گو
مے کلے چانے گیم بزأنتی نادَن　　آدن باجہِ میانہٕ یارو وے
ژپنتو لیۡدری پوش کولہٕ رادَن　　أز چھم آدن واتہٕ ہیمے
دِہمے درشُن سروندے پادَن　　آدن باجہِ میانہٕ یارو وے

(ز)

میٛہ شوقہٕ یارِ سنٛدِ بُری مَس پیالہٕ تہٕ　　آلو　دِی　توسے
تر وَنہٕ مرگے وسہٕ وِنہٕ بالہٕ تہٕ　　أہی　نی　توسے
کیاہ گرِ نی نَم ہرینہٕ ژھالہٕ تہٕ　　آلو　دی　توسے
قند تہٕ نابد بُری مَس تھالہٕ تہٕ　　رَنگہٕ　رَنگہٕ　نی　توسے
جود گو عاشقن دود کبتھِ ژالہِ تہٕ　　آلو　دی　توسے

(ژ)

دوٗرِ روٗدُم أندر وَن تے　　ونتہٕ ویٛسی یے پیہٕ ناسن
دوٗرِ دوٗپنم گرژھ وو وَن تے　　ژوٗرِ روٗدُم منٛز لاسن
مُرِ نار چھم کولہٕ وَن تے　　ونتہٕ ویٛسی یے پیہٕ ناسن

(ز)

ونتہٕ ویٛسی کُس کُس پژے　　کُس وُنیب کُرِتھ گوم
ہژ لوٗمنم نٔیندرِ مژے　　مُژھِ مُژھِ بنٛد سٔنتھ گوم

سون نۆۂنم رِژِ رژے کُس وُنیب کُرِتھ گوم

(س)

کیاہ کرِ رۆدُم سُہ ونہٕ نِے پھیران　سوران چھُم نو آدنک سرٛیٛہ

کُکلا أسس تھر اول ییران　سوئتہٕ وُزملہِ گنڈنم ریٛہ

زُلفچہِ گرٛایہِ ستی گیٛور چھُم گیران　سوران چھُم نو آدنک سرٛیٛہ

(ش)

یام حوٗرِ ٹوٗرِ ژنڈُن موٗلے　تام ژوٗلے یار ویٚسی یے

دپہوم آغس بہٕ روشہِ زاگس　لاگس بہٕ شیرِ ہی

ووندِ کِس باغس پوشا پھوٗلے　تام ژوٗلے یار ویٚسی یے

(ص)

چمکان اوٗبرِ تلہِ وُزمل زَن آو　آیہِ گرٛایہِ ژھلہِ ستی کران زن آو

ڈوٗنٹھ پھوٗل کِتھٕ رۆد نہٕ ناز بران　گگرایہِ کران ژوٗل زَن واو

نیٚہہ ژھٹہِ انہِ گٹہِ مُشنَس شامن　منیہ بالہِ تھووُنم سُے آمہٕ تاو



یم کُری مےٚ کینٛہہ وژن نموٗنہٕ باپتھ پیش۔ یمن وژنن منز چھُ أری نہٕ مالہِ ہُنٛد اِنفرادی رَنگ نوٗن تہٕ ٹاکارٕ۔ یُس نہٕ صرف حبہٕ خوتونہٕ تہٕ محموٗد گامی ہِندِ رَنگہِ نِشہِ الگ تہٕ بدوٗن چھُ بلکہِ سارِنٕے کاشرِ بن شاعرن نِشہٕ۔

ضروٗری چھُ أری نہٕ مالہِ ہُنٛد کلام یہِ سائنٹِفک بُنیاد زَن پٹھ ژھارنہٕ تہٕ ترتیب دِنہٕ۔ یہِ کام گژھِ تتھِس شخصَس پُشراونہٕ یُس یمن امہِ قسمک زبر گیان

آسہٕ تہٕ سو صلاحیتھ آسہٕ یوسہٕ آءسنۍ گژھِہ۔ نتہٕ چھُ یایم کرن پرٛتھ کانٛہہ یَژھان۔ امہٕ یایمہٕ سٟتۍ تہٕ ووت کأشرِ زبانۍ تہٕ اَدبس کأنٛہہ دداٮ۔

یہٕ چھِے سبٹھاہ شادمأنی ہنز کتھ سأنۍ کیٛنٛہہ ووتھٕ وِنۍ اَدیب چھِہ یتھین مسٔلن وونۍ سبٹھاہ ہوش مٔنڈی سان سنان تہٕ پٔنٕنۍ رائے تژاے ظأہر کران۔

یتھن لِکھارین منٛز چھُ ڈاکٹر شاد رمضان تہٕ شأمِل۔ شاد رمضان چھِہ پننہٕ کِتابہٕ ''اتھ ظلماتس لعل کیاہ چھِہ تے'' (2005) ''کر ییہ درشن دِینے'' وژُن پننہٕ بحثٕک موضوع بنوومُت۔ امیٚک کرٕ یہٕ اکھ اقتباس پیش:

''اتھ پوٚت منظرس منٛز یُس اُرینہٕ مال ہِنٛدِس آسنس یانہٕ آسنس مُتلِق محقِقن درمیان ازتام بحث سپُدمُت چھُ۔ تتھ چھِہ زٕ ڈٔری۔ گوڈنیٚک دور گو پرٛوفیسر جیالعل کول (تہٕ تِہنٛدی ہمنوا محقق) تہٕ دوٚیم دور گو امین کأمِل (تہٕ تِس سٟتۍ اِتفاق کرن وألۍ محقق)۔ دوشوٕے ڈٔرۍ چھِہ پننۍ پننۍ دعوا تہٕ دٔلیلہٕ پیش کران۔ گوڈنِکس ڈٔرۍ سُنٛد دعوا چھُ زِ اُرینہٕ مال چھِے کأشرِ زبانۍ ہنز اکھ مشہور شأیر یوسہٕ پٹن گامٕچ روزن وأجینۍ اُس۔ اُمِس کوٚرُکھ لوکچہٕ وأنسہٕ منٛزٕ شہرٕکس منشی بھوأنی داس ناوٕکس اَکس اُمیر زادس سٟتۍ نیٚتھر یُس افغان سرکارٕکس (1819-1755) شأہی دربارس سٟتۍ اکھ بارسوٗخ تہٕ بااختیار شخصو اوس۔ دوٚیم دوٚر چھُ اُرینہٕ مالہٕ ہِنٛدِ آسنس موٗلے اِنکار کران تہٕ ونان زِ 1936ہٕ یَس تام اوس نہٕ اُرینہٕ مال ناو کأنٛسہٕ کأشرِس کَنَن گومُت ٹٔکرِہ چھُ یہٕ ناو محض کیٚنٛژون محقق ہنز اکہِ غلط

سوٗنچن ترٛایہِ ہُند پٲداوار یُس اکھ شوشہِ بنٲوِتھ پھہلاوانہٕ آو۔ مُمکِن چھُ زِ مذکور بحث ہیکہِ کینژن نوبن انکشافن تہٕ ڈٔری یافتن زنٛم دِتھ۔ اماپوٚز وُنہِ تام چھُ دوٚیمِس ڈٔرِ ہٕندی دعوا تہٕ دٔلیلہٕ گوڈٕنکِس ڈٔری ہٕندِ بن دعواہَن پیٹھ بہرحال حاوی سپدان۔ امیُک مطلب چھُنہٕ ہرگز تہٕ زِ کأمِل صابنن دٔلیلن ہٕندِس پوٚت منظرس منٛز قایم سپزمژ رائے کیاہ چھےٚ کانٛہہ حتمی فأصلہِ تِکیازِ کانٛہہ محقق چھُنہٕ حتمی آسان مگر جیالال کول تہٕ اوتار کرشن رہبر ہٕندی دعوا چھِ محض جذباتن تحت وونہٕ آمٕتی فتوا باسان۔ پیٹھ اتھ پوٚت منظرس منٛز ارجن دیو مجبوٗر ہٕندی غأر ضروٗری سوال، نالگہار دعوا تہٕ بے معنہِ دٔلیلہٕ چھِ اتھ بحثس تہٕ ڈٔلِ زِ تہٕ غأر سنٛجیدٕ بناوان۔ نہٕ چھُ خیالن کانٛہہ ربط تہٕ جُملن کانٛہہ ترتیب۔ اماپوٚز حال حالے آیہٕ کأشرِ زبٲنۍ ہٕندِس سنٛجیدٕ تہٕ حساس محقق محمد یوسف ٹینگ ہٕنز ''شش رَنگ'' ناوِ کِتاب بازر یتھ منٛز ٹینگ صأب پننِس ''حبہ خوتوٗن...... وأری وبن ستی وارِ چھُس نوٗ'' عنوانہٕ کِس مُقالس منٛز أری نہٕ مالہِ ہٕندِس بحثس نِو سرٕ پھیُر دِتھ اکھ ہتھ تہٕ وۄہ ؤری پرٛون اکھ توأریخی دستاویز پیش کران چھُ یمہِ ستی مذکورٕ بحث اکھ نوٚو موڑ تہٕ نوٚو منٛزِل پرٛاوِتھ ہیکہِ۔ توأریخی شہادت چھےٚ مشہوٗر یورپی محقق ہنٹن نولز (Hinton Knoweles) ہٕنز مرتب کرمٕژ (A Dictionary of Kashmiri Proverbs and Sayings) منٛز موجوٗد۔''

ڈاکٹر شاد رمضان نہِ یمہِ سُطرِ چھےٖ اَند وَند سام ہینہٕ پتہٕ صاف تہٕ شودبن لفظن منٛز یہِ ہاوِتھ دِوان زِ گوڈٕ گوڈٕ چھُ نہ دۄیمہِ ذُریٖک حامی نظرِ یوان۔ پتہٕ چھُ امہِ خیالہِ نِشہِ لوٗب ہیتھ یہِ ونان زِ کاٗمل صاٗبنۍ راے چھَنہٕ کانٛہہ حتمی فاصلہٕ تہٕ اٰخرس پیٹھ چھُ ٹینگ صاٗبَس ستی اِقرار کٔرِتھ دۄیمہِ ذُرِکی ساٗری دعوا رد کران۔ وارِ پٔرِ و شاد صاٗبُن یہِ اقتباس۔ ٹینگ صاٗب چھُ تی وَنان یہِ اٰرِنہِ مالہِ مُتلِق عام خیال چھُ۔ یہِ نہٕ کاٗمل صاٗب تہٕ تٔمۍ سِندی ہمنوا ہرگز ونان چھےٖ۔

''کُلیات حبہِ خاتون'' پتہٕ یمہِ کِتابہِ وُنیکھ تام لیکھنہٕ آیہِ تِمن منٛز چھَ ارجن دیو مجبوٗر سنٛز اٰرِنہِ مال تہٕ اکھ۔ یم سوال تٔمۍ اتھ منٛز پرٛژھی مِتی چھےٖ تِمو منٛز چھےٖ بیشتر تحقیقی تہٕ تنقیدی طور اتھ موضوٗعس پیٹھ کاٗم کرن والین ہُند ظون پانٛس کُن پھِران۔ یمہِ کِنۍ ٹینگ صاٗب چھِنہٕ نٕکۍ یا ہٹہٕ مَتہٕ مجبوٗرَس داد دِوان نٕکۍ کہِ اٰکِس جان نقاد سُند فرض پوٗرٕ کران۔

جان ہنٹن نولزس(Jhon Hinton Knowles) اکھ اہم ثبوٗت بناوِتھ چھُ محمد یوٗسف ٹینگ ''شِشِ رَنگ'' (سَنہٕ چھاپ 2004) کِتابہِ منٛز حبہِ خوتونہِ مُتلِق مضموٗنس اندر ضمیمہٕ نمبر 3 ہَس منٛز یم خیال بڑوٗنہہ کُن اَنان:

> ''جان ہنٹن نولز اوس انگریز پادری۔ نصاریٰ کارِکُن یُتھ آو کشیرِ یوٗہے 1880 منٛز ہیوٚ۔ کاشرِ زبانہِ پیٹھ کوٚرُن عبوٗر حاصِل۔ کاشرِ بن لگہِ کتھن ہنٛز گوڈنچ سوٗمبرن کٔرن انگریزی پاٹھی ترجمہٕ کٔرِتھ شایع۔ پتہٕ لِچھن لل دید پیٹھ اکھ نفیس کِتاب۔ تٔمۍ کٔر

کأشرِ بَن محاورن، کہاوژن بیٚترِ ہنٛز گوڈنٛچ ڈِکشنری انگریزی ترجمہٕ سان 1985ٕ منٛز شایع۔ یعنے از بڈٕ وٕنہہ لگ بگ 120 وٕری۔ اتھ ڈِکشنری منٛز چھِ میانہٕ خیالہٕ أری نہٕ مالہٕ ہنٛدٕ وجوٗدُک تہٕ تس ستی وأبتہ کتھن ہنٛد گوڈنیُک ذِکر موجوٗد۔ یہِ تہٕ چھُ وننہٕ آمُت زِ تمِس اوس شعر گوئی ہنٛد خوے تہٕ سو أس منٛشی بھوأنی داس (کاچرو) سنٛز آشنیٚ۔ تمُ چھنہٕ أری نہٕ مالہٕ ہنٛد ناو ہیوٚتمُت مگر پننہٕ آیہِ کتھ دأیراوِ ژھنن تمہٕ ستی چھُ أری نہٕ مالہٕ ہنٛد وجوٗد اعتبارس نکھہٕ یوان۔ أری نہٕ ہنٛد مرن وٕری چھُ اتھ ستی پأٹھی 1800ٕ مقرر کرنہٕ آمُت۔ امیُک مطلب گو زِ نولز صأبن آسہِ ہے یہِ تمہٕ وِزِ بوٗزمُت ییٚلہِ یہِ وُنہِ زلہٕ وُنے آسہِ ہے۔ منٛشی بھوأنی داس اوس افغان وقتُک (1755-1819) اکھ بارسوٗخ تہٕ اختیار وول شخص۔ تٔمنٛد ناو ہینہٕ ستی چھُ لگہٕ رواژ أری نہٕ مال پانہٕ موکھہٕ پربزلاوان۔ میانہٕ خیالہٕ چھنہٕ یمہٕ حوالہٕ کس گاشہٕ منٛدِنس منٛز یہِ وٕنٛچ گنجأیش روزان...... "أری نہٕ مال ناوٕچ چھنہٕ ژکہٕ کانہہ کأشرِ گونماتھے أسو۔" (کُلیات حبہ خوتون" کلچرل اکادمی)

صاف پأٹھی چھُ ننان زِ یم ناطِق فتوی دِنہٕ وألی سٔند تحقیق کیٛتھ چھُ۔ بہرحال اصل عبارتُک ترجمہٕ چھُ یہِ:

"ییٚنٛدر چھُس کتان ژٕنٛدر ڈیشتھ بتہٕ ٹوک
ہِنٛدر چھُم نہٕ یوان سِنٛدر گیم پأنس"

یہِ بأتھ چھُ (کٔشیرِ منٛز) کرہٕتھ وقتہٕ پھِرنہٕ یوان۔

"منشی بھوأنی داسن ژھُنی پنٕنۍ آشینٛز خبر کتھ اترس پیٹھ تژأوِتھ تہٕ گرِ منٛز کڈِتھ۔ سو أس لرلوٗر مکانس منٛز پرِتھ دوہ یُندرِ کتان کتان یہِ ژِنگہٕ راوان۔ اکہِ دوہہ یٗز تہٕندۍ خانہٕ دارن یہِ بأتھ پننیو کنو تہٕ پتے سوٗزن تمِس ناد تہٕ بسأوِن پنٕنہٕ گرِ بیٚیہِ اکہِ لٹہِ۔"

("شش رَنٛگ" صفہٕ 297-296)

الغرض ہنٛٹن نولز سُند بیان دپدن تل تھأوِتھ چھُ یہِ اخذ کرنہٕ یوان زِ أری نہٕ مالہِ گنڈأری پنٕنۍ أخری زِندگی وأرِیِس منٛزٕ ے۔ مگر عام خیال چھُ یہِ زِ سو اکہِ لٹہِ وأرِو تژأوِتھ مالٕنیٚن دۄبارٕ وأژ تمہِ گنڈأر پنٕنۍ سأرۍ زِندگی مرنس تام علاحدگی منٛزٕ ے۔

أری نہٕ مالہِ ہنٛدِ وژنہٕ تلہٕ یُس تر ہنٛٹن نولزن کوٚڈمُت چھُ۔ سُہ چھُنہٕ ہرگز صحیح۔ دون بأژن درمیان علاحدگی ہنٛدِس مأمِلس ستی چھِ کتی پہلوٗ وابستہٕ۔ یہِ چھُنہٕ ہرگز ژمان زِ مرد سوزِ پنٕنہٕ آشینہِ کانٛسہِ اتھ شیٚچھ وَتھ گرِ ییہٕ، سُہ وتھِ تہٕ ییہِ گرِ واپس۔ سو کیاہ فقیرأنۍ أسا۔ سو أس پنٕنہٕ جایہِ راأنۍ۔ یُس پٔنٕن بجر تہٕ وِقار اوس۔

أری نہٕ مال أس بے حد حِساس۔ اکھ سبٹھاہ تیٚشِل زنانہٕ۔ یُس پٔنٕن اکھ اِیگو (ego) اوس۔ پنٕنِس خانٛدارس ستی بے حد موحبتھ آسنہٕ باوجوٗد اوس نہٕ یہِ ممکِن سو کرے تہٕ یہِ نولز وَنان چھُ۔ نولز چھُنہٕ بلٕکِن ہنٛز مخصوٗص تہذیبی زِندگی ستی وأقِف۔ تمٕ سُند بیان چھُنہٕ ہرگو ہٕٹہِ وُسن لایق۔ بھوأنی داسس تہٕ أس

أرکۍ نہٕ مالہِ ہنٛز بے حد ماے۔ مگر تٔس آسہِ بدلہٕ مجبوٗری یمو سٕہ پننہٕ مۆھکہ جہٕ آشینہٕ نِشہِ دوٗر تھوٚو۔ سٕہ اوس تتھٕمن حکمرانَن ہنٛدِس دربارس تہٕ کامہِ کارَس ستۍ وابستہٕ یِم موموٗلی کتھن پیٹھ سر قلم کٔرِتھ نِوان اَسۍ ڈلس پھلٹہٕ وان اَسۍ یا وأرِث خانہٕ ہنٛدِس چاہسے منٛز دأرِتھ دِوان اَسۍ۔ سٕہ روٗد اَوٕ کِنۍ نہٕ صرف بے حد مصروٗف تہٕ مشغوٗل بلکہِ سبٹھاہ تن دِہی سان کأم کران۔ سورُے توجہ اوسُس پٔترَاوِہٕ کامہِ کارَس کُن۔ ییٚمہِ کِنۍ سٕہ پننہٕ ذأتی زِندگی مُنٛز اُوِتھ پننہٕ خوش ہۆہ نہٕ آشینہٕ نِشہِ دوٗران گو۔ یَس ستۍ سٕہ نتہٕ بِلکُل لأرِتھ اوس۔ ہنٛدن نولز صأبَس چھنہٕ ہرگز تمن کتھن ہُنٛد احساس ییٚمہِ افغان دورس منٛز درٛیٹھی یوان آسہٕ۔ ماحوٗل اوس تیٚتھ خراب زِ زنانہٕ آسہٕ گرِچہِ چار دیوأری منٛز بنٛد روزان۔ تمن اوس گرِ نیبر نیرنک پھیرنک اِجازت سبٹھاہ کم حأصِل۔ بٹن منٛز اوس نہٕ دوٗیم خانٛدر کرنک رِواجے۔ یِنٛدر اوس علاحدگی منٛز پننہٕ پان مصروٗف تہٕ مشغوٗل تھاونک بوڈ ذٔریہِ۔ سبٹھاہ بڈٕبن گرن ہنٛز زنانہٕ تہٕ آسہٕ یِنٛدرس لأرِتھ۔ پننہٕ پان مشغوٗل تھاوان۔ تمہٕ آسہٕ نہٕ کِننہٕ باپتھ شال دُسہٕ تیار کران۔ بلکہِ بڈٕ فخرٕ سان پنٛنِس خانٛدارس یا گرٕ کٔمن ٹاٹھمن پیش کران۔ بے شک غریب زنانہٕ آسہٕ یِنٛدرٕ ستۍ پوٗنسہٕ ژور تہٕ زیٛتھ ہبکان۔ مگر اَسہِ ہؚز نہٕ گُلی یِتن یِنٛدر لاچأری، مُفلسی تہٕ تاوٕنٛز دوہ گُذارنُک علامتھ زانٕن۔ زنانہِ ہُنٛد پنٛنِس ستۍ باہِس نِش الگ گوٚہِ نٔے چھُہ تِہنٛدی خأطرٕ اکھ بوڈ تاوَن۔ خاص کر تمن دوہَن ییٚلہِ بٹہٕ زنانہٕ سبٹھاہ عجیب حالاتَن منٛز پننہٕ زِندگی گُذاران آسہٕ۔ دوٗیم خانٛدر آسہٕ کران۔

موٗمِن صأبَس چھےٚ نِشاط باغ ہِکس نکھہٕ ڈکھہٕ علاقس ستۍ اکھ سٕنٛز وابستگی روٗزمٕژ۔ کیاہ پتاہ سُہ ما اوس اَپاری کُنہِ علاقک روزَن وول؟ حالانکہِ عام پأٹھۍ چھہِ أسۍ یی بوزان آمتۍ زِ سُہ اوس بہٕ گامُک بسکین۔ مگر یہِ کتھ چھےٚ سکھ زِ سُہ اوس محموٗد گأمی سُنٛد ہمکال۔ تہٕ سأرۍ أسِس بڈٕ یزت تہٕ احترام کران۔ گوڈٕ روٗد فارسی زبأنۍ مَنٛزٕ شار ونان۔ مگر پتہٕ پھیوٚر کأشرِس کُن۔ تہٕ جَرِن ماجہِ زبأنۍ تہٕ اَدبَس تمہ لال یمہ ووٚنہٕ دڑایَس۔ محموٗد گأمی یَن کوٚر فارسی طرزس پٮ۪ٹھ ڈٕلیلہٕ یا قِصہِ بوزناونک لوٗبہٕ وُن فن شوٗروٗ۔ یتھ مثنوی ونان چھِ۔ تٕمۍ لیچھہِ کٔرٕ مثنوی یمن مَنٛز یوٗسف زُلیخا، شرین خسروٗ بیترِ مثنوی شأمِل چھِ تہٕ ترٛأوِکھ اَچھ اکھ أرتہٕ ڈٕر بُنیاد۔ تٕمۍ سُنٛد امہِ قِسمُک تجرُبہ روٗد سبٹھاہ کامیاب۔ موٗمِن صأبَن کوٚر یتھین تجرُبَن مَنٛز ''اکہِ نَنٛدُن'' لیکھتھ اکھ بوٚڈ زتنہِ زوٗل یُس سبٹھاہ مقبوٗل سپُد۔ تٕمۍ أنۍ اکھ نوٚنٛہٕج بارسَس یتھ تَس پَتہٕ یِنہٕ والیو کأتیو شأیرو تہٕ لِکھاریو اتھہِ دور تہِ پٔنٛنہِ اَنہٕ مانہٕ تہٕ مقدوٗر موٗجوٗب سبٹھاہ موٗلُل بُرٛژر کوٚر۔ یمن گونماتن مَنٛز چھِ پرٛکاش بٹ، بہوٗدُر گنیٖ، رمضان بٹ، صمد میر، تارا چند بسمِل، احد زرگر تہٕ صمد جان شأمِل۔ یمو اکہِ نَنٛدُن پٔنُن موضوٗع بَنوو۔

کأشرِس عوامَس مَنٛز اکہِ نَنٛدنٕچ بے حد مقبوٗلیت تہٕ دِلچسپی وُچھِتھ لیکھۍ کینٛژو ڈرٛاما نِگارو اتھ کہأنی پٮ۪ٹھ پٔنٛنۍ ڈرٛاما تہِ دِتٕھ عُشقہٕ پیچان چھہٕ رزٕ مزید زٕچھر تہٕ پوچھر۔ یٮ۪میٚک ڈٕسلابہ موٗمِن صأبَن کوٚرمُت اوس۔ ڈرٛاما لیکھن والین یمن لِکھارین مَنٛز چھِ دینا ناتھ موٗدریر، شیفع شفایی، غلام رسول سنتوش، موتی لعل کیموٗ تہٕ محمد سُبحان بھگت شأمِل۔ شفایی سُنٛد ڈرٛاما چھُ ریڈیو پٮ۪ٹھ نشر

سَپُد مُت۔ باقی کینْہہ چھِ باظاؔبطہٕ سٹیج سَپدٕ مِتی۔ سنتوش نہٕ ڈڑامکہِ ہدایت کار اُسی مکھن لعل صراف تہٕ یہ آو کشمیر تھیٹر طرفہٕ سبٹھاہ چاوٕ سان پیش کرنہٕ۔ مہمان خصوٗصی اُسی شیخ محمد عبداللہ۔ سنتوش چھُ یہ ڈڑاما احد زرگر سٕنڈِس اکہٕ نَنڈَس بُنیاد بناؤتھ لیٚو کھمُت۔

بھوٗدُر گنے سُنْد اکہٕ نَنڈُن چھُ موٗمن صأبنہٕ اکہٕ نَنڈُنہٕ پیٚتہٕ وارِیاہ کأئی لیکھنہٕ آمُت۔ بھوٗدُر گنے چھُ ڈوٗگرٕ مہاراج پرٕتاپ سِنگھ نہٕ دورُک پأداوار یُس 1885ہٕ پیٹھٕ 1925ہٕ سنَس تامِ روزان چھُ۔ اَمی چھُ ہری سنگھُن دور تہٕ کم زیادٕ وُچھمُت۔ بھوٗدُر گنےٚ اوس پنٕچ کار کران یہ زَن ناوٕ تلے ظاہر چھُ۔ سُہ اوس ملارٹہٕ خانیار دُکان بیہان۔ عام پأٹھی اوس سُہ تمن دوہَن دٕوٕہی دوہَس مسا اکھ کٹھا کِنان۔ مگر دیپان اکہٕ دوہہ بیٚیلہٕ سُہ دُیچہ اَکہ بجہٕ سورُے کٹھ کِنتھ موکہٕ لوٗ۔ تہٕ لُکن ہنٕز تھپہٕ تھف تہٕ ترٕپہٕ ترٕپھ اُس جأری۔ حالانکہٕ نہٕ اُس عید تہٕ نہٕ کانْہہ بڈٕ دوہ۔ سُہ گابریو۔ خیال آس یم لُکھ کھمن تس تہٕ۔ رواہتھ چھےٚ یہ زِتھی ترٕوو اَمی دوہہ پنٕچ کار کرُن تہٕ سَپُد روٗحأنیتس منٕز پوٗرٕ پأٹھی جذب۔۔ یمن سارِنےٚ کتھن ہنٕز باوَتھ اوس پننہٕ خاص انداز نیٹیک رحمان واریل گران۔ یُس پانہٕ تہٕ پنٕچ اوس تہٕ شار تہٕ ونان اوس۔ اَمی سُند کم زیادٕ کلامہٕ چھُ "یَنڈرازُن دربارٕ" ناوٕ چھاپ سَپدیومُت۔ سُہ اوس نمتہٕ ہیوٚر وأنُسہٕ تمہٕ ساتہٕ بیٚیلہٕ یہ اَمِس سمکھیٚوس۔ مےٚ سٕتی اوس محموٗد احمد اندرأبی (سابقہٕ ایڈٹر اُردو شیرازٕ) تہٕ غلام رسوٗل داریل (یُس ریڈیوہَس منٕز تم دوہَن پرٕوڈکشن اسٹنٹ اوس)۔ دیپان ویٚنچہٕ بڑأرِس منٕز چھےٚ اکھ جاے سو یتھ "بھوٗدُر گنے سُند کڈٕل" ونان چھِ۔ مےٚ

چھنہٕ یہِ پانہٕ وُچھمُت۔ مگر موہن لعل آتش کوٚر اَتھ کتھِ تصدیق زِ اَمہِ ناوِچ چھِ اکھ جاے تتہِ ضرورٕ۔ اتھ پس منظرس منٛز چھِ بہوٗدر گنے یَس مُتلِق مزید تُچھی خبر زانٛنہٕ بے حد گُنجاییش موجوٗد۔

بہوٗدر گنے سُند اکہِ نٔنڈُن چھُ گوڈٕ غلام محمد نور محمد کِتاب فروش چھپوومُت۔ مےٚ نِش اُس اتھ اکھ کاپی۔ مگر یہِ سپٕز نذرِ آتش ییلہِ مکانٕس نار لوٚگ۔ پرٛوفیسر محی الدین حاجنی یَن یُس بہوٗدر گنے سُند اکہِ نٔنڈُن کستام داستان گوہَس نِش بوٗزِتھ ترتیب دیُتمُت چھُ۔ تتھ تہِ غلام محمد نوٗر محمد ہِندِ ژُسی چھاپ سپدیمتِس نوٗخس منٛز چھنہٕ کانٛہہ خاص فرق۔

بہوٗدر گنے سُند یہِ سوٗرے ذِکر پوم اِو موکھ کرٕن تِکیازِ کیٚنٛہہ شخصو اُسی اُتھی سارِوے کھوتہِ پرٛوٗن اکہِ نٔنڈُن زانان۔ یُس اَمہِ نِش رٔژھرِتھ چھُ۔ مگر یہِ چھنہٕ حقیقتھ۔

موٗمن صابٕن سوٗرے کلام چھنہٕ اَمہِ تام وُوتمُت۔ اَماپوٚز یہِ کم قلیل کلامہِ اَمہِ نِش موٗجوٗد چھُ تمہِ تلہِ چھُ یہِ نوٚن پرٛزان زِ سُہ اوس صوٗفی عملہِ منٛز وارِیاہ بڑٕ وٕنہہ دزامُت۔

نبرے　　اَندر　　اَڑھ　　کاُڑاہ　　بڑٕی　　پَرٛھ

وُچھ،　　ہَن　　شہنشاہ　　لوٚبتھے　　ژٕے　　لوٚبتھ　　کیٚاہ؟



سُے گوٚبنٛتہٕ یَس راوِ نوکتہٕ　　گرٕھبس　　سوٗختہٕ　　وٕنے　　کیٚاہ



پیٚتی گو اکہِ نَنٛدُن تتی آو    یہِ حال ڈیٚشتھ موٗمن حأرتن ژاو



موٗمنو پتھ رٕٹھ زیو قطرس ڈرِیاوگو    الفقرو مِنالہٕ، لوٚبتھے ژےٚ لوٗ نہٕ کیاہ؟



مُفت چھا ٹھٕہرن عشقنہٕ ژٔنجے    رٔژہِ رٔژہِ ماز ہیٚوٗنے لو



اوٚگنے سٔپُن تو دوگنیار ترٛاو    پانہٕ منٛز پان پٔزٕ بزناو ولو
دوٚدھ تَجٕ عشقن ژھٹھ دِتھ درٛاو    میٚنہٕ جامہٕ گنٛڈتَس آو ولو
بیرنٛگ پانے ہر رٔنٛگ آوو    پانہٕ منٛز پان پٔزٕ بزناو ولو

وٕژُن چھُ بے شک موٗمن صأبنٛ اکھ ٹاٹھ صِنف روٗزمٕژ۔ تٔمۍ چھَ پنٕنہٕ خوبصوٗرت معنے خیز ذیٚہنی لہرِ سبٹھاہ موثر طریقس منٛز أتھی منٛز آباد کرِمٕژ۔ یِمن منٛز اکھ مولہٕ وِنٛ نزاکتھ تہٕ دِل نشینی دوٗرِ ناپان چھےٚ۔

اکہِ نَنٛدُن چھُ کٔشیرِ ہنٛز اکھ پٔرأنۍ لٕکہٕ کتھ یوسہٕ سبٹھاہ پتھ کالہٕ پیٹھٕ لُکن ہنٛد بن دِلن منٛز جاے بٕستھ روٗز۔ یوسہٕ بڈٕ دِلدوٗز تہٕ دِلچسپ چھَ۔ اَمِیُک مرکزی خیال چھُ مُلہٕ تلہٕ دُنیاہَس منٛز ستۍ تہٕ أتٕۍ منٛزۍ (Attached) أستھ تہٕ اَلگ تہٕ علاحدٕ (Detached) روزنُک درس دِوان۔ یہٕ کرُن چھُ بے شک سبٹھاہ مُشکل۔ اَماپوٚز مختلف چیزن ہنٛز بے حد مالےٚ تہٕ اژھبنہٕ وابستگی چھَ اِنسانَس ماران تہٕ تہِ مأدیت پَسندی ہنٛز بُنیاد بٔنِتھ بے حد لالچ شکل پرٛاوان۔ حضرت ابراہیمَس ستۍ وابستہٕ اسلأمی روایتَن منٛز چھُ اتھ فلسفس ستۍ اکھ سوٗن

ہشر لبنہٕ یوان۔ حضرت ابراہیم ہنز لاجواب قوربأنی چھُ پننہٕ قسمچ اکھ منفرد تہٕ تھزٕ مِثال یُس پننس ٹاٹھس فرزند حضرت اسماعلیس پننو اتھو خوادایہٕ سٕنزِ رضا پوٗرٕ کرنہٕ موکھٕ زبح کران چھُ۔ دراصل چھِ یہے تم انہار یمو کاشرٕ بن شاعرن تہٕ ڈرامانِگارن پننہٕ پننہٕ انداز پننہٕ تخلیقات لیکھنچہٕ عملِ وِزِش دِتُت۔

مومنؔ صأبن چھُنہٕ پننس اکہٕ نۆندُس منز کتھِ زیادٕ واہراو دِتُمُت۔ پوٗرٕ مثنوی چھُ کُل بل پنداہن شُراہن صفن پیٹھ مشتمل۔ ڈٔلیلہٕ ہند بن بیوٚن بیوٚن مقامن تہٕ مرحلن ہنز تیٚنہٕ وَن چھُ فارسی نثرس منز دِنہٕ آمٕژ۔ شأیرن چھُ پنُن سورُے زور پنڈت، بٹنہٕ تہٕ جوٗگس پیٹھ دِتُمُت۔ تہٕ یہے چھِ تم ترٚے کردار یِم مومنؔ صأب نہٕ امہٕ کہأنی ہنزٕ ییٚژ تہٕ راد پوٗرٕ کران چھِ۔

مومنؔ صأب چھُ ڈٔلیلہٕ ہُند گوڈٕ یِمہٕ حُمدٕ سٟتی ہوان۔

ڈٔیو حُمداہ اول تس پاکِ ذاتَس  چھُ رُت سُے جلوٕ پانے کاینانتس
یہٕ قودرت چھے سہٕ وأتتھ دانہٕ دانَس  صِفتھ چھی بیشمارتس بے نِشانَس
گلن تٔمی سٕنز چھُ وأتتھ کاینانتَس  پلن تٔمی ہنز چھُ وأتتھ ذرٕ ذِراتَس
گرن بیوٚن بیوٚن شکل بیوٚن بیوٚن دُکانَن  سِتارٕ شوٗب تھاوِن آسمانَن

پَس از حمدِ الٰہی تھاوتو گوش
ڈٔلیلاہ چھُم وَنُن تہٕ تھاوِتو ہوش

اَمہٕ حمدٕ سٟتے چھُ شأیر اصل ڈٔلیل شوٗرٕ کران۔ مومنؔ صأب چھُ مختلف کردارن ہنز وَن وکھنے کران پنڈتس مُتلق یہٕ کتھ باوان زِ سُہ اوس ہیٚنْد بن منز سبٹھاہ قوی دست۔ تس مقابلہٕ اُسی باقی سأرِی سبٹھاہ پست۔ سُہ یُتھے

عاٗلم اوس تِتھے اوس سخی تہٕ۔ تَس یہٕ اولادِ زٕنگی شُر کوٚٹ اوس تمہٕ آسہٕ کورِ ستھ۔ دوشوٕنی باٗژن مطلب پنڈتَس تہٕ بٹنہٕ اوس سخ طماہ زِ تِمن گوٚژھ نیچوٗا تہٕ آسُن۔ یٖمہٕ موٗجوٗب دوشوٕنی ہنٛز سخاوت گیہٕ ہُر بر لبان۔ تِم روٗدی جوٗگین پتہٕ پتہٕ پھیران۔ اٗکھ منٛز چھُ اکھ باکمال جوٗگیا نموٗدار سپدان۔ یُس تِمن تسلی دِوان چھُ زِ تِہنٛز خاہش سپدِ جلد پوٗر۔ مگر شرط چھُ اکھ سہٕ شُر پیٚیہٕ تِمن بہہٕ وٗہری واپس کرُن۔ پنڈت تہٕ بٹنٛی چھُ زیادٕ سوچنے کرٕنے آنکار کران۔ جلدٕے چھُ یہنٛدِ کرِ اکھ نیچوٗ تھنہٕ پیوان۔ تہٕ تِم چھِ بے حد شاد سپدان۔ ماٗج چھنہٕ اٗمِس لختِ جگرِ سُنٛد بُتھ تہٕ اُسن وُچھتھ ٹُھٹھی یِوان۔

موٗمن صاٗب چھُ ڈٗلیلہٕ ہُنٛد یہٕ مرحلہٕ سبٹھاہ خوبصوٗرتی سان وکھناوان۔ مِصرن تہٕ شارن ہنٛز تٗلہٕ ترٛاو چھُ خوش یِوٕنی۔

وَدَن وِزِ لوکُٹ اوس موختہٕ ہارن　　وَدَن ڈیشتھ بٹنٛی اٗس پان مارَن

کرٕکھ شاٗدی سبٹھاہ واٗیکھ مناٗوی　　دٕیان زاو نوٗر دیدٕ آو اٗدی

زِ چشمہٕ آسہٕ زَن تازٕ یٚمبرزل　　گُمتی بِمار آہو روٗد جنٛگل

صِفاتَس روے اوسے روے پُرنوٗر　　تن اٗسس نٗاوِتھے اَز بوے کوفوٗر

اتھِ کھور اٗسی تِمی ہندی پوشہٕ مالہٕ　　وُچھِتھ دردِ دِل زٕیتھ چھے داغ لالہٕ

وُچھِتھ چیٚشمہٕ سپدُمُت سحر میہوٗت　　کھٹِتھ در چالا روٗد ہاٗرتھ و ماروت[1]

فِکر کر موٗمنو وُچھ دردِ اولاد

ژٕتھ ترٛاوان زِ ایمان مثٕل فولاد

[1] اٗکس فرشتہٕ سُنٛد ناو یُس ہاروتن دوست اوس۔

لختِ جِگر سُند شوٗبہِ دار تہٕ مُناسِب ناو تجویز کرنہٕ خاطرٕ چھُ بڈی بڈی جوتِش تہٕ گوٗروٗجی بُلاونہٕ یِوان۔ موٗمِن صابن ہِتھ پاُٹھی یہِ سین (منظر) لفظن مَنٛز ژھانٛپِتھ نومُت چھُ۔ سُہ چھُ بوزنَس لایق:

اُنی تمِ گور سوٗمبرِتھ ژاُری ژاُری   بنجم[1] جوٗتِش سوٗمبرِتھ تہٕ ساُری

دِتِک تمِ دیار سارِنٕے تھالہٕ تھالہٕ   دِژِن کیٛژون بٔنیہٕ موختہٕ مالہٕ

ہنوٗدِے جوتشنے کٔن پکان آو   مےٚ زامُت چھُم گوٗبُر تمِ ہےٚ کٔرِو ناو

بہٕ تحمُل وُون دِہِو بیٛون کِتابن   حِساب بوٗزِتھ حِساب بوٗزِو حِسابن

حِساب بوٗزِتھ حِسابس مَنٛز کوٗرُکھ طے   اکہٕ نٔنٛدُن تمو تَس ناو کوٗرِ ہے

سِتارٕ آو تمِ ہے بُرج[2] میزان   حِساب بوٗزِو چھے کاُنٛسہِ علم زان

سپُن حُسنس اندر مشہوٗر تاجین   وُچھنی آیہٕ تَس کم کم سلاطین

ذٔلیل چھُ تہٕ مُقامس پیٹھ واُتِتھ سیٹھاہ حاُبتھ ناک تہٕ غضب ناک بنان یٔتیٛمِن بہہِ وُہرِ جوٗگی اکہٕ نٔنٛدُرنس ماُلس ماجہِ سُہ واد ژٔٹنس پاوان چھُ یُس تمو تَس ہیٚتی کوٗرمُت چھُ۔ جوٗگی چھُ تمن پٔنُن ٹوٹھ اولادتس حوالہٕ کرنہٕ خاُطرٕ ونان۔ سُہ تہٕ نہٕ زِندٕ پانے نگرکہِ ہِتھ پاُٹھی سُہ وہنکھ تِتھے پاُٹھی۔ جوٗگی یہٕ کیٛژھا تمن کرُن ونان چھُ سُہ چھُ سیٹھاہ غاُر واُجِب (Morbid) تہٕ عُجیب۔ اکھ باہ وُہر پوشہِ تھُر ہیٛو شُر گنہِ گرُن۔ تمی سُند ماز رٔنُن تہٕ پاکہٕ ناوُن۔ تہٕ پتہٕ تھاُلس مَنٛز کھینہٕ باپتھ شیرُن۔ یہٕ چھُ یقیٖنَن زیادتی تہٕ بدمزاُجی ہُنٛد اِنتہا۔ موٗمِن صابَس تہٕ چھُنہٕ پانَس یہٕ ژمان مگر کرِ کیاہ۔ سُہ چھُ اتھ وَن وکھنے ذٔلیل

[1] نجومی، سِتارٕ شناس۔ [2] سو راش یتھ ہِندی زبانہِ مَنٛز تُلا (توٗل) تہٕ انگریزی یَس مَنٛز لیبرا (Libra) ونان چھِ۔

ہُنْد دَم تہٕ خم برقرار تھاونہٕ موکھہٕ یِمن سبٹھاہ پُرکشش لفظن منٛز کران:

دَپان القصہٕ اُنۍ تم جوٚگیَن زیر اکہٕ نَنْدُن رٲنتھ اُنۍ توم میٚنہٕ گوٚ ژیر
ہٮٚنٛز اوٚش اُس ژٲوان ژالہٕ ژالہٕ اَکہٕ نَنْدُن رٲنتھ کوٚرُس حوالہٕ
مُشک تَس جوٚگیس آو گو خوشالہٕ رٲنتھ اوٚن ہَس ژھٕنِتھ سٲری مسالہٕ
بٹہٕ دوٚپُنَس رٲنتھ اوٚنمے ژٕ وَتھ نیر ژٕ کھٮ۪ن گَنہٕ جلہٕ گوٚھ وَتھ مہٕ اَن زیر
دوٚپُنَس تمۍ جوٚگیَن کُن نے گرٕھن چھم اَنْدر ریَتھ آنگنَس چاژُس نوٚن چھم
دوٚپُنَس تمۍ جوٚگیَن ناٹہٕ نبر کڈٕ مےٚ چھم کیٛنژھون مِسکیٖنَن برٕنۍ یِڈ
یہٕ بوٗزِتھ تَس بٹہٕ گو منٛدٕچھن شام کران آس لبلہٕ پرٛان اُس رام رام
ستن کوربن ستن بانَن گوٚڈٕنۍ لد ہبلکھ یوٗتاہ تیٚوٗتاہ کر وَدِ وَد
بیٚیہٕ لد پانٕسے بیٚیہٕ خاندارس گوٚھے خوش سٕے مےٚ نابہٕ کارس
بیٚیہٕ اکہٕ نَنْدُنَس تہٕ پادشاس برابر باہ حِصہٕ کرس تیٚوٗتے بَس
تتھے پاُٹھۍ یِہےٚ باہ حِصہٕ تھاوِو اکہٕ نَنْدُنَس گوٚھو تُہۍ ناد لایو
بٹہٕ ووٚنہٕ نَس مژر کوٗتاہ ونان چھکھ مزارٕ پٹھٕ اما ژٕ آکھ تور ونان چھکھ
بٹو تَس ژاٹہٕ ہالہٕ لوے بیٚیہٕ ناد وٕچھکھ نوٚو بویا پنُن، تَل ہُوے کرٕکہٕ ناد
لبےٚ کُن دِتھ نظر جوٚگی نبرٕ درٛاو لبےٚ اَنْدرِ ے اکہٕ نَنْدُن پھٕٹِتھ درٛاو
نہٕ گَنہٕ یِمہٕ ناٹہٕ تہٕ نہٕ روٗد گوساُنۍ خوداین کوسنک غم لبلہٕ تہٕ واُنۍ
وٕچھوتَس بے نیازَس ہنٛز بے نیاُزی وٕچھو تَس کار سازٕ ہنٛز کار ساُزی
یٮ۪تی گو اکہٕ نَنْدُن تتی آو یہٕ حال ڈیٖشتھ موٚمن حاُرتَن ژاو
موٚمن صابُن اکہٕ نَنْدُن چھُ دراصل اتی خَتم سَپدان۔ امہٕ پتہٕ چھُ ژٕ

غزلہٕ وژنٕتھ ہِوان۔ اکھ کاشُرس مَنز تہٕ بیا کھ فارسی یَس مَنز یمن مَنز ورگہٕ پاٚٹھۍ تمنے سپرن تہٕ اسرارَن ہُنز اِشارٕ گرنہٕ آمٕت چھُ یہُنٛد ڈبکہٕ ٹِکہٕ تہٕ زُو تہٕ جان کاشُر پاٚٹھۍ اکہٕ نَنٛدُن ناوٕچ ڈلیل چھےٚ:

یم سوخن شرہن بۄزِتھ بَنٛد ساز تے سنطۄر گو
پوشہٕ نۄلن مُٹھۍ نالہٕ در گلزارٕ ے



خود بخود اَنی انالالہٕ لگۍ پرنے وُچھ یمو
دزاو مومِن نالہٕ دِوان برسرِ بازار ہے

مومن صاٖبَس پتہٕ یم اکہٕ نَنٛدُن شارَن مَنز لیکھنہٕ آیہٕ تمن مَنز چھُ صمد جان سُنٛد اکہٕ نَنٛدُن سارِوے ہِتم۔ یہٕ چھُ سبٹھاہ موخصر۔ یہٕ چھُ چھاپ سَپد یومُت تہٕ مےٚ نِش اُس اَمِچ اکھ کاپی۔ مگر اتھ گو فۆ یِیلہٕ سانہٕ غاٚر حاضری مَنز 1992ہٕ سَنَس مَنز زرپرستانس انٛدر کیشون گرن یِکہٕ وٹہٕ لُش لُجۍ۔ مےٚ چھُ پۆرٕ یقین جان صاٚب نہٕ اکہٕ نَنٛدٕچ کاٚپی سپد گنہٕ نتہٕ گنہٕ جایہٕ صنورۆر دستیاب۔ یۆ دوَے ژھاٚر کرنہٕ ییہٕ۔ جان خانٛد اَنس ہتۍ وابستہٕ چھِ کیہہ گرٕ پۆرٕ وادی مَنز۔ یمن نِش ہیکن نہٕ صرِف صمد جانس مُتلِق بہتر تفصلات میلتھ۔ اماپۆز اَمِچ کاٚپی تہٕ۔ صمد جاٖنٕ چھِ ہیُس لختِ جگر ہندِس موتس پتہٕ اکھ باٚتھ تہٕ دِل پھُٹِتھ ووٚنمُت:

عید آیِم تہٕ تاٚریف کرٕیو لوسہٕ ناٚوِتھس مَس پیالہٕ بَرٕیو
روٗنہٕ مَنزٕلِس گۆرٕ گۆرٕ کرٕیو لوسہٕ ناٚوِتھس مَس پیالہٕ بَرٕیو

صمد جانَس چھُ مُلہِ تلہٖ پَتھٕ سبٹھاہ ٹوٹھ جِگر کھونٹ عیذ ہِنٛدِس بڈِس دوہَس پتھ یاد پیوان۔ سأری ہے پانَس چھُس عُجیب وَگ وُبدر ٹلان:

سَجِد رووُم کوٗرتھس حأران کأژ زونا آیم دوران
اَمہِ زۄنہِ وُچھ سأ لاہ کرِیو لوسہٕ نأوِتھس مَس پیالہٕ برِیو

تِمی چھُ اتھ بأتس منٛز پَتھٕ انٛدرِم مژر تہٕ تژر بوومُت۔

احد زرگرس تہٕ چھُ دراصل تتھے وأری داتن پَتھٕ ''اکہِ نَنٛدٕن'' لیکھنہٕ کِس جذبَس زیرِ دِژہِو۔ اَمہِ کتھِ ہنٛز باوَتھ کرزرگر صأبن پانہٕ مے نِش۔ تِمی سُنٛد زٕ بٹھ ہیٚوٗ لڑکہِ چھُ لوکچارٕ پانٕے تس نِش ژھینہٕ گوٚمُت، یُس تَس پۄرٕ وُمرِ اَنٛدری پانَس زٕلان رۄد۔ تِمی وۄن بڈٕ دوکھ سان: ''مے اوس تو تتھ تامتھ باسان زِ یہٕ ہیکہِ کینٛہہ تہٕ کرِتھ۔ فلک اَسِم نہٕ فِکری کھسان۔ مگر ییلہِ یہٕ وأری دات سپٕد۔ دِل تہٕ جِگر ژھٕنم۔ مے تۄر فِکری زِ یہ کتھن چھُس۔''

بہرحال یۄ تام مومن صأبنہِ اکہِ نَنٛدٕ نک تولُق چھُ اتھ منٛز چھُ صوفی یا رۄحأنی عملِ ہنٛدی رۄح رُکانہٕ جایہِ جایہِ پانَس کُن ظون پھِران۔ تہٕ واریاہ کینٛہہ سوچنَس پتھ مجبوٗر کران۔ مثلن یہٕ شار نی تون:

مومن شاہ صاحبِ حال رٕٹتھ نالہِ یہٕ دٕری یاو

فقط کینٛژون لفظن منٛز چھُ مومن صأبن پننہِ شأیرانہٕ زورِ کمالہِ ستی رۄحأنی خیالن ہُنٛد اکھ بۄڈ سمنٛدر بنٛد کرِتھ بڑوٚنہہ کُن اوٚنمُت۔ اتھ پتھ ہن دفترن ہنٛدی دفتر لیکھنہٕ۔ شأیر سُنٛد اعتماد چھُ بذاتِ خود ییمہِ کتھِ ہنٛز باوَتھ کران زِ سہٕ کتھ تھزرس پتھ اوس رۄحأنیتس منٛز رووُمت۔ ''نالہِ رٕٹن دٕری یاوٕ'' ییم لفظ چھِ بے

حد داد دِنس لایق ۔ یہنز بُنیاد چھےٚ اُکس ذاتی تجربَس پٹھ دُرِتھ صاف لبنہٕ یوان۔ یہ چھنہٕ کُنہٕ کٔنز اکھ ووزُم وورُو جذبہٕ یا اِحساس باسان۔ صوٗفی عملہِ منز چھُ مقام حارت اکھ سُہ مُقام ییمہِ پتہٕ ذاتِ حقیقی ہنز اصل تہٕ پوٗرٕ پوٗرٕ زان حاصِل کرنس منز سبٹھاہ نزدیکی سپدان چھُ۔ مومن صاب چھُ امی پزرک پےٚ یتھ شارس منز دِوان:

بیٚتی گو اکہٕ نٔدُن تتی آو — یہ حال ڈیشتھ مومن حارتن ژاو

احمد بٹوٲری چھُ اَمی مُقامچ کتھ کران ونان:

احاطہٕ کوٗر حارٕتَن تے — شِنزیَس ژایوس لَندار[1]

شِنیاہہٕ پکھ بزونٹھ پہَن تے — وَحدتہٕ لبکھ اَدِ تار

وہاب کھارن اکھ پوٗرٕ نظم چھُ ''مُقام، حارتس'' پیٹھ یُس پرنس لایق چھُ:

مَس ینہٕ چوٚنس اُمی ساقین تے — چھس حارتن تے وُچھتھ حارتھ

تتہٕ نسا درکار زِو یا گن تے — تتہٕ نو منگنے ساس یا ہتھ

تتہٕ کوٗر یکسان اخلاص تے — چھس حارتن تے وُچھتھ حارتھ

جوٗرکس تہٕ شِنزیَس چھےٚ مِلہٕ وَن تے — واُرانہٕ نیرتھ وُچھ وَحدت

کثرت تور چھنہٕ سُہ چھُ تمہٕ بیوٗن تے — چھس حارتن وُچھتھ حارتھ

یمن سارنے شاعرن مُتلق یُت لیکھنک ضروٗرتھ چھُ چھُ تیوٗت آو نہٕ اوکُن توجہ دِنہٕ۔ یمن سارنے چھےٚ پننز اکھ زبان پننز اکھ ادا۔ تہٕ پنُن فنی زوٗ زبتہٕ۔ یُس ماُرک موند تہٕ چھُ تہٕ لوٗبہٕ وُن تہٕ۔

---

[1] اَندر

مثنوی لیکھن وأنٛی سأری شأیر چھِ بیانیہِ شأیری ہنٛدِس زومرس منٛز یوان۔ یِہنٛدی وَتہِ پُدی پھٔنٛۍ سو کتھ، دٔلیل یا کہأنی مُشخص کران یوسہِ تم ونہِ خأطرِ ژاران چھِ۔ ظأہر چھُ سبٔتھاہ کم چھُ ہبکان گُل ریز، ہش مثنوی لیکھتھ۔ وونٛۍ گو باقی مثنوی لیکھن والین شأیرن ہُنٛد دبُت ہبکہِ نہٕ کُنہِ کنٛۍ مٔشراونہِ یتھ۔ یِمو اتھ فنس پٔنٛنۍ پأٹھۍ زِتنہِ زٔول کوٚرتھ اتھ سِلسِلس منٛز چھُ اکہِ نٔنٛدُن ناوِچن کأشرِن مثنوی یَن پٔنٛن اہم پاے حأصِل۔ یِمو پٔنٛنہِ أکِس پرٛانہِ مُقأمی یا لُکہِ کتھی زٔول کوٚر۔ تہٕ اکھ نٔوِ مثالی گأشرأو۔ موٚمن صأب چھِ اَمہِ لحاظہِ کأشرِ شأیری ہُنٛد اکھ بوٚڈ علم بردار۔



## مُصنِف سٕنٛز کِتاب یِمہٕ چھپیمٕژ چھےٚ

| | | |
|---|---|---|
| (۱) | تبٔرک (توٚبرٔک): | افسانٕن ہنٛز گوڈنِچ سوٚمبرن |
| (۲) | کأشرِ ادبٕچ تأریخ: جلد اکھ: | گوڈٕ کالہٕ پیٹھٕ الہٕ پلہٕ ۱۸۰۰ عیسوٖیس تام |
| (۳) | کأشُر نثر: | چھاپ ریاستی کلچرل اکادمی |
| | | لِکھأرۍ: اوتار کرشن رہبر تہٕ |
| | | غلام نبی خیاؔل |
| (۴) | ییٚلہِ پھٔٹہِ ووٚتھ: | افسانٕن ہنٛز دوٚیِم سوٚمبرن |
| (۵) | موختہ لر: | بچن ہنٛدِ خأطرٕ میچھ کتھہ |
| | | لِکھأرۍ: اوتار کرشن رہبر تہٕ |
| | | ناجی منوٚر |

# کأشرِ زبأنۍ منٛز تحقیق

تحقیق چھُ پننہِ وۄجوٗدُک باس، پنُن پان، پنُن اونٛد پۄکھ تہٕ پنٛنۍ ذاتھ
بُتراتھ پرزٕناونک ناو۔ تحقیق چھُ پنُن پتھ کال زانٛنتھ تہٕ پکھٲنتھ پنٛنۍ تہذیبی تہٕ
ثقافتی زِندگی شیرنک تہٕ پأرنک تہٕ رَچھنک تہٕ رژھرنک ناو۔ یۄ دوَے تہذیب
کُنہِ قومہِ کِس مخصوٗص لسنہِ بَسنہِ کِس طریقس ناو دِموٚ کلچر چھُ سُہ پوشُ یُس یمَن
طور طریقن ہنٛز خوٗبصورتی تہٕ خوش بوے ظاہر کران چھُ۔ تہٕ زبان چھےٚ امہِ
پوشک روح تہٕ عُطر تہٕ أندریم ہَر تہٕ تر۔ مگر کأشرِ قومُک بۄڈ المیہ چھُ یہِ زِ
سبٹھاہ پتھ کالہِ پیٹھٕ ازتام آو یہِ روٗح دوہے گال کھأتس ترٛاونہٕ۔
تحقیق چھُ اکھ مُشکل کار۔ یہِ چھُ شار گویی، ناول نویسی تہٕ ڈرٛاما
نِگأری تہٕ دۄیمو فنو نِشہِ وارِیاہ مختلف۔ امہِ خأطرٕ ییٚتہٕ اِنسانس وسی مُطالہٕ، سون
مُشاہدٕ، توأریخ، تمدن تہٕ مختلف موضوٗعَن تہٕ فنَن ہنٛز زبر پأری زان گژھِ آسٕنۍ تتہٕ
چھُ اِنسانس کوٗٹھین ہُنٛد ہوش تہٕ أچھن ہُنٛد گاش راوٕرُن پیوان۔ یُتے تہٕ

ئلۆ کہِ تحقیق چھُ اکھ سُہ شۆبہٕ یمہِ خاطرٕ اِنسانس سبٹھاہ وَق تہٕ سرمایہٕ گژھِہ آسُن۔ یمہِ خاطرِ مختلف ادارٕ گرٛھن آسنۍ یتہِ ماہرن ہنٛز مختلف جمأژ اکھ اَکِ سِنٛدِ اَتھ واسہٕ ستۍ رٕلتھ میلتھ وَکھرٕ موضوٗعن پیٹھ کأم کران آسَن۔ تحقیق چھےٚ سو کأم یتھ منٛز محقِقَن گامہٕ گامہٕ تہٕ شہرٕ پھیرُن پیوان چھُ۔ اکہِ مُلکہٕ پیٹھہِ دۆیمس مُلکس گژھُن پیوان چھُ۔ کُتب خانن تہٕ رکاڑکین ذخیرن منٛز ربتہٕ واد تہٕ ؤری واد صرِف کرٕنۍ پیوان چھِ۔ مختلف ماہرن تہٕ ووستادن ہُنٛد اَتھٕ بَنٛدٕت حاصِل کرُن پیوان چھُ۔ اَوے مۆجوٗب چھُ جدید زمانس منٛز کانٛہہ تہٕ تحقیقی منصوٗبہٕ جان، موتبر تہٕ سایٖنٹفک طریقس منٛز بامل اَنُنس مُتلِق توٗ تامتھ سوچُن مُشکِل یوٗتام نہٕ اَتھ پتہٕ کانٛہہ جان اِدارہ تتہٕ مَنہٕ ڈکھس آسہِ۔ تہٕ اَوے چھُ جدید زمانس منٛز تحقیق اِنفرأدی کوٗشِشو بدلہٕ اجتماعی کوٗشِشن لور۔ تہٕ تتھےٚ پأٹھۍ بامل یِوان۔ اَمیُک مطلب چھُنہٕ ہرگز یہِ زِ تحقیقُک شۆبہٕ کیاہ چھُ کأشرِ زبأنۍ تہٕ اَدبَس منٛز بِلکُل مُشراونہٕ آمُت۔ پننوٕ اِنفرأدی کوٗشِشو ستۍ رۆدۍ محقق تہٕ لِکھأرۍ مختلف دورَن منٛز برابر زِکھ زِکھ دِوان تہٕ یہِ عمل چھےٚ جأری۔ مگر یہِ وَنُن چھُ ضرۆری باسان زِ یوسہٕ تحقیق اَزتام سپٕز سو چھےٚ کُھم پأٹھۍ اَڈلیچ، نأقص تہٕ کمزور، یہِ چھےٚ سبٹھاہ غأر سایٖنٹفک تہٕ مُحققانہٕ شوٗدٕ بوٗدٕ نِشہٕ خألی۔ اکثر محقق چھِ تمیم Methodology (یانے تحقیقی طریقہٕ کار) نِشہٕ نأوأقف چھِ یوسہٕ پانہٕ ناوٕنۍ کُنہِ تہِ تحقیقی کامہِ باپتھ ضرۆری چھےٚ۔

کأشرِ زبأنۍ منٛز یوسہٕ تحقیقی کأم وُنیُک تام سپدیمٕژ چھےٚ سو ہکوٗن دون حِصَن منٛز بأگرأوِتھ۔ اکھ گیہِ سو تحقیقی کأم یوسہٕ سیٚدِ سیٚوٗد کأشرِ زبأنۍ منٛز سپدیہٕ

یا سپدان چھےٚ تہٕ بیٚا کھ گیہٕ سو یوسہٕ دۆیمبن زبانٕن منٛز سیٚد سیوٚد یا وَرگہٕ پأٹھۍ سپد پمژ چھےٚ یا بامَل یِوان چھےٚ۔ یوٚ دوَے کُنہٕ تہٕ زبأنۍ تہٕ اَدبہٕ باپتھ گوڈ نِکۍ اَنٛگٕچ اہمیت تٕر تہٕ ٹاکارٕ چھےٚ توتہٕ ہکو نہٕ سو کأم کُنہٕ کنۍ نظر انداز کٔرِتھ یوسہٕ دۆیمبن زبانٕن منٛز سپد پمژ آسہٕ۔ کأشرِ زبأنۍ تہٕ اَدبہٕ باپتھ چھےٚ تحقیٖقچ خام سپر مُلہٕ تلہٕ دۆیمی صوٗرژ منٛز پیوان تہٕ اَمہٕ لحاظہٕ چھےٚ سارِنٕے بڑوٚنہہ تمہٕ فارسی کِتابہٕ قأبِل توجہ بنان، یِمہٕ توأرٟیخن تہٕ تذکرن ہنٛزِ شکلہٕ منٛز کأشرٕبن تہٕ کٔشیرِ مُتلِق لیکھنہٕ آیہٕ۔ توأریخ دان تہٕ تذکرٕ نوٗیس چھِ مختلف کتھن تہٕ حالاتن ستۍ مختلف شخصیژن وَکھِ ناوان تہٕ وبڑھناوان تہٕ یتھہٕ پأٹھۍ چھِ تمہ کم کینژھا شیٚچھ خبر کینژون کأشرٕبن شأیرن تہٕ تِہندٕبن کارنامَن مُتلِق تہٕ وَنان۔ کأشرِ زبأنۍ مُتلِق تنقیدچ بُنیاد تہٕ چھےٚ درحقیقت یِمہٕ وِے تذکرو تہٕ توأریخی مُسودو ستۍ پیوان۔ مورخن تہٕ تذکرٕ نوٗیسن ہنٛدی یتھی ہی جُملہٕ چھِ اتھ سِلسِلس منٛز نوٹ کرنس لایق۔

"شعر گفتن بزبانِ کشمیری خود موزون داشتند
ونکتہا باریک وسخن ہا خوش گفتہ......"

(بابا نصیب الدین غازی شیخ العالمس مُتلِق وَنان)

"اشعار درد ناک میگفت"

(حسن کھُے ہأمی لل دیدٕ مُتلِق لیکھان)

"سخن ہاے خوش داشت آں نغمہ سنج"
یا "کلامش بہ سوزر گداز آشنا"

(عبدالوہاب شایق یوسف شاہ حبہ خوتوٗنہٕ ہنٛز ذِکر کران لیکھان)

یتھۍ ہی جُملہٕ لیکھتھ ییٚتہِ ساٗنۍ مورخ تہٕ تذکرٕ نِگار پننہِ تنقیدی شود بود ہنٛز باوتھ کران چھِ تتہِ چھےٚ پہنٛز کِتابہٕ پنٛنہِ زمانہٕ موجوٗب تحقیقٕچ کینٛژھا کل بودھ تہٕ ہاوان۔

کٔشیرِ منٛز پیٚیہ اسلأمی راجِچ مستقِل بُنیاد شمس الدین شاہمیری ہِنٛدی ذٔسی ۱۳۳۹ء یَس منٛز تہٕ شاہمیری خاندانچہ (۱۳۳۹ء - ۱۵۵۵ء) حۄکوٗمژ منٛزٕ لوٚب ہَنہٕ ہَنہٕ فارسی زبأنۍ تہٕ اَدبن کٔشیرِ منٛز چاو۔ سُلطان زین العابدین بڈشاہ (۱۴۲۰ء - ۱۴۷۰ء) ہنٛزِ راژِسی منٛز یُس بوٗش علمی تہٕ ادبی کامہن کھوٚت تمہٕ ستی لوٚب توأریخ دانن تہٕ تذکرٕ نوٚیسن ہنٛزو تخلیقی صلأحیژو تہٕ ہَرتَر تہٕ مختلف کامہٕ آیہِ باٲل۔ یِمن منٛز مُلا احمد ہنٛز واقائع کشمیر، مُلا نادری ہنٛز تاریخ نادری، قاضی ابراہیم ہنٛز تاریخ کشمیر تہٕ مُلا احمد ہنٛزٕ ''مراۃ الاولیاء'' قابلِ ذِکر چھےٚ۔ ''مراۃ الاولیاء'' کِتابہِ مُتلق چھُ ونہٕ یِوان زِ یہِ اوس شیخ العالم شیخ نورالدین نوٗرأنۍ سُند کلامہٕ ترتیب دِنہٕ آمُت۔ ستی اَس اَمِچ وٕرٕژھنےٚ فارسی زبأنۍ منٛز تہٕ کرنہٕ آمٕژ تہٕ اَمہِ علاوٕ اَسی اَتھ منٛز شیخ العالمہٕ ہنٛزِ زِندگی ہِنٛدی حالات تہٕ دَرج۔ یہِ چھُ توأریخی اَنہار و کِنۍ گوڈنِیُک ''نوٗر نامہٕ'' یُس ترتیب دِنہٕ آمُت چھُ۔ یہِ تذکرٕ تہٕ اَمہِ زمانچہٕ ساریےٚ فارسی زبأنۍ منٛز لیکھنہٕ آمٕژ تأریخ چھنہٕ از موٗجوٗد۔ یوٚ دوَے یِمو کِتابو پٔژی پأٹھۍ وُجوٗد لوٚبمُت آسہٕ تیلہِ چھِ یِمن کِتابن ہِنٛدی لِکھأری تمہٕ سِلسِلکۍ موٗلادار (بأنۍ) ییٚمکۍ فارسی مورِخ تہٕ تذکرٕ نوٚیس سانہٕ باپتھ وَتہٕ پٔدی شیران چھِ۔ کأشر زبأنۍ تہٕ ادبہٕ باپتھ تحقیق تہٕ تنقیدُک

چھُ کم کینژھا اَتی پیٹھ سَپدان۔ بڈشاہی عہد پتہٕ یمہٕ ہسٹری یا تذکرٕ فارسیس منز لیکھنہٕ آے تِمن منز چھےٚ سیدعلی سُنز تأریخ اَوٕ باپتھ سارِوے کھوتہٕ اہم تِکیازِ یہٕ چھےٚ تِمن سارِنے تصنیفن منز پڑأنی۔ یمہٕ ظألم زمانن پتہٕ پڑاتھ منز تژاوِمژ چھےٚ۔ یہٕ کِتاب چھےٚ مرزا حیدر دوغلت سُنزِ کشیرِ ہنزِ پتہٕ یانے ۹۵۷ ہجری پتہٕ کینٛہہ ؤری لیکھنہٕ آمژ۔ اَمہِ ہسٹری ہِندی یِم وَرق اَسہِ تام وأتی ہِتی چھِ تِمو ستی چھِ کینژن سیأسی حالاتن ستی ستی کینژن عألمن، ریٚشن تہٕ موتبر شخصیژن ہِندی کم کینژھا حالات تہٕ یِنان۔

کأشرِ زبأنی تہٕ اَدبس مُتلِق تحقیچ کأم چھِ ورگہٕ یا بل واسطہٕ پأٹھی سبٹھاہ موٚحدوٗد طرٖیقس منز مُصنِف بہارستان شأہی، خاجہ اعظم دیدہ مری، حاجی محمد اسلم معنمی، بیربل کاچرو، حسن کھُے ہأمی، حاجی محمد مسکین، تہٕ عبدالوہاب شایق بیٚترِ ہی تأریخ دان جأری تھاوان۔

یِمن توأریخن علاوٕ چھُ کشیرِ منز تذکرٕ نوٗیسی ہُنٛد اکھ دِلچسپ سِلسِلہٕ نوٗرنامن تہٕ ریٚشی نامن ہنزِ شکلہِ منز یِمہٕ وَقتن منز زِنم لبان۔. اَز یُس سارِوے کھوتہٕ پرون نوٗرنامہٕ اَسہِ نِش رٔژِتھ رِتھ چھُ سُہ چھُ حضرت بابا نصیب الدین غازی سُنٛد۔ یِہنٛد سَنہِ وفات ۱۰۴۷ ہجری مانہٕ یِوان چھُ۔ اَمہِ پتہٕ چھِ أمی سُنٛدی شُشس یا مُرید بابا داوٗد مشکاتی ۱۰۶۳ ہجری یَس منز ''اسرار الابرار'' ناوٕچ کِتاب لیکھان تہٕ أمس پتہٕ چھِ بابا خلیل، بابا کمال، بہاوٗ الدین متوتہٕ حکیم پیر علی شاہ بیٚترِ تذکرٕ نوٗیسی ہِنٛدِس اَتھ سِلسِلس پوٚچھر دِوان۔ حکیم پیر علی محمد شاہ چھُ گوڈنیک تذکرٕ نوٗیس یٛمی پننٛز کِتاب کأشرِس منز لیچھمژ چھےٚ۔ تہٕ یوٚدوے یہٕ

تذکرِ ۱۹۴۷ؠ برٛونٹھہ لیکھنہٕ آمُت چھُ مگر یہِ سپُد ۱۹۴۷ؠ پتہٕ چھاپ۔ بٔحثیتہٕ مجموعی
ییٚلہِ یِمَن تذکرن سام ہیوان چھِ تحقیقی تہٕ تنقیدی وبۄارو کٔرِنہ چھِ یم سبٹھاہ
کمزور، ناقص تہٕ غاّر سایٔنٹفک لبنہٕ یِوان۔ تذکرِ نِگار چھِنہٕ پننہٕ تحقیقی شوٗعوٗرُک
کانٛہہ پےٚ دِوان۔ مثلن یم چھِنہٕ اکثر تمہِ شٔچھ ہُنٛد آگر ونان یوسہٕ تم باوان
چھِ۔ واقات چھِ داستانٔن ہِندِس رنٛگس منٛز لیکھنہٕ آمٕتۍ۔ موجزن تہٕ کرامژن
پٮ۪ٹھ چھُ زیادٕ زور دِنہٕ آمُت۔ تذکرِ چھُ الفاظ آرأیی تہٕ قِصہٕ گوٚیی پٮ۪ٹھ
پھاپھلان۔ یتھٕ پأٹھۍ چھِ اصل حالاتن پٮ۪ٹھ وُرُن پیوان تہٕ ٹھوس حقأیِق چھِ
ژٔرِ روزان۔ کیٛنٛہہ واقات چھِ سٔعَن تہٕ تأرِیخن سام ہیٚنہٕ پتہٕ غلط باسان۔
شأیرن ہُنٛد کلامہِ چھُ سبٹھاہ لاپروأیی سان لیکھنہٕ آمُت۔ یٔیمہِ کٔنہ کلامٕچ اصل
صوٗرت ژھارٕنۍ مُشکِل چھےٚ بنان۔ موادٕچ ترتیب تہٕ شیرٕژأر چھےٚ سبٹھاہ ان
سایٔنٹفِک طریقس منٛز سپدیمٕژ۔ وارِیاہ تذکرِ چھِ شارَن منٛز یٔیمہِ کٔنہ تہٕ تحقیقی
اِظہارَس تھوس آمٕژ چھےٚ۔ تاہم چھِ یِمو دوٗشو باوجوٗد یم تذکرِ سأنۍ بٔڈ دولت تہٕ
اصل تہٕ ٹھوس سایٔنٹفِک تحقیقہٕ باپتھ خام مال فراہم کران۔

تحقیقی سرگرمیَن ہُنٛد بیاکھ دور چھُ انگریزی اثرس تل شوٗروٗ سپدان۔
ییٚلہِ یورپی محقِقن تہٕ عالِمن ہُنٛد یُن گژھُن چھُ جأری روزان۔ کأشُر زبان چھےٚ
چھاپ خانٕک بُتھ وُچھان۔ تہٕ یتھے پأٹھۍ چھےٚ نۆ وَتھ نٔیر نیران۔ ۱۸۲۱ؠ یَس
منٛز آو سری رام پور مشنری طرفہٕ شاردا ٹایپس منٛز بایٔبل ہُنٛد اکھ حِصہٕ نیو ٹیسٹیمنٹ
New Testament مارکس منٛز ترٛاونہٕ۔ ۱۸۴۴ؠ یَس منٛز آو برٹش اینڈ فارین
بائیبل سوسائیٹی ہِندِ طرفہٕ ایرأنۍ رسمِ خطس منٛز بائیبل ہُنٛد یوٚہے حِصہٕ گوڈنچہ لٹہٕ

چھاپ کرنہٕ۔ یورپی عالمن ہِنٛدِ ڈٲسی لۆگ انگریزی زبان تہٕ سو رول ادا کرنہٕ یوسہٕ
اَوٚ تامتھ محقط فارسی زبان کران اُس۔ یِمَن مُحقِقن تہٕ عالِمن منٛز چھِ سرجارج
ابراہیم گریرسن، نولز، سٹاین، لارنس، سررچرڈ ٹمپل، بہلر سیٚد سیٚوٗد یا وَرگہٕ پاٹھی
اتھ کامہِ منٛز اکھ نوٚو زوٗ زبہٕ بَران۔ بنگالٕچ ایشیاٹک سوسائیٹی چھنے یِمن عالِمن
ہِنٛزِ کامہِ عام کرنَس منٛز اہم حِصہٕ ادا کران۔ نولز چھُ سُہ عیسأے پادری یُس
جایہِ جایہِ ووت تہٕ کربن کہاوَژ، محاورٕ تہٕ کأشرِ دلیلہٕ جمع ۱۸۸۵ء یَس اَنٛدر
چھپیہٕ یِہنٛز کتاب کأشرِ بن محاوَرن تہٕ کہاوَژن مُتلق تہٕ امہِ پَتہٕ آیہٕ یِہنٛز کتاب
کشیرِ ہنٛزِ لُکہٕ دلیلہٕ بازرس منٛز۔ سٹاین سُنٛد دیُت چھُ کأشرِس تمُدنَس واریاہ۔
یِہنٛزٕ کتاب ''حاتمہٕ سٕنہٕ ڈلیلہٕ'' (Hatim's Tales) پیٚیہٕ گریرسن سٕنٛدِ اتھٕ واسہٕ
سنٛ ۱۹۲۳ء یَس منٛز مارکس اندر۔ یِمَن سارِنے یورپی عالِمن تہٕ مُحقِقن منٛز چھُ
کأشرِ زبأنی تہٕ اَدبہٕ باپت گریرسن سُنٛد ناو سبٕتھاہ پھرُن لایق۔ یوٗ دوَے اُہنٛز
تحقیقی کامہِ تہٕ جایہِ جایہِ کیٚنہہ وٚتیچھ خأمیہٕ تہٕ لغزشہ ہاوان چھے، توتہٕ چھےٚ یہٕ کتھ
نُنٛ تہٕ ٹاکارٕ زِ گریرسن چھُ کأشرِس تحقیقس تہٕ تنقیدس گوڈنیچہ لٹہِ اکھ رُت وار
وبستار دِوان۔ سرجارج ابراہیم گریرسن سٕنٛدی پٕدی پیٚیہٕ ۱۸۲۳ء یَس منٛز ہُندستانچہِ
سر زمینہٕ پیٹھ۔ تٔمی گنٛدرو پننہٕ زِندگی ہُنٛد اکھ باگہٕ یوٗ رُت وَق ہندوستانَس
منٛز۔۱۸۹۶ء منٛز سَپدیہٕ ہُندستأنی زبانن ہنٛز سروے شوٗرُوٗ تہٕ یہٕ آو امہِ منصوٗبک
زیٚٹھ بناونہٕ۔ کأشرِ زبأنی ہنٛز سام چھے ''لِنگ وِسٹک سروے آف انڈیا'' ناوچہِ
کتابہٕ ہنٛدبن دون حِصن منٛز موٗجوٗد۔ گریرسن یُس ژُک تہٕ شوق کأشرِ زبأنی تہٕ
ادبہٕ کِس مُطألس تہٕ امہِ کِس تحقیقس کُن ہوو سُہ چھُ قأبلِ قدر۔ کأشرِ

ڈِکشنری، لل دیدِ ہُنٛد کلام ''لل واکیانی''، کرشنہٕ جو رازدانٛز ''شیو پرنے''، پڑکاش رامُن رامایِن ''مہانے پڑکاشچ سام بیٚترِ چھےٚ یِہُنٛدِ تحقیقی شود بود ہُنٛد ثوبوٗت دِوان۔ سر رچرڈ ٹمپل ہنٛز ''دی ورڈ آف لا'' چھےٚ للہٕ ہٕنٛدِ مطا بابتھ از تہٕ اکھ اہم کِتاب۔

یورپی لِکھارین تہٕ مُحققن ہنٛزِ کامہٕ تہٕ چھاپ خانٛکی وسیلن، دِژ کأشرِین لِکھارین تہٕ کِتاب فروشن تہٕ ہل بل کرنچ سامرتھ۔ تہٕ سوٚت سوٚت لٔج ئو ریٚہہ بڑزنہٕ۔ پرتاپ سٹیم پڑیس چھُ شاید سرینگرُک گوڈنیک چھاپ خانہٕ ییٚتہٕ کأشرِین شأیِرن ہُنٛد کلامہٕ مُقأمی طور چھپنہٕ لوٚگ۔ کأشرِین پبلشرن منٛز چھُ نور محمد غلام محمد، عبدالجبار علی محمد ہنٛدی ناو سرِس ییمو کأشرِین شأیِرن ہُنٛد کلامہٕ چھاپ کرنَس منٛز سیٹھاہ ژُک تہٕ جوش ہوو۔ اَتھ اَنٛدر چھُنہٕ کانٛہہ شک زِ تحقیقی میزانو رَنٛز چھےٚ یِہ کأم سیٹھاہ ڈیج تہٕ بے وٕطیزٕ مگر زبردس بٔٹھ تہٕ بے ضابطگی آسنہٕ باوجوٗد چھےٚ یِہنٛزِ کامہٕ ہنٛز اہمیت وارِیاہ۔ یوٚ دوٚے ییٚمو امہٕ قسمُک ہل بل آسہِ ہے نہٕ ہوومُت، اَز آسہِ ہے اَسہِ تِمہٕ ادبی سرمایہٕ نِشہٕ تہٕ اَتھِ چھوٗلمُت یُس یِہنٛدِ دٔسی اَدِ یُتھ تیٚتھ جمع روٗد۔

ڈوٗگرِ مہاراج رنبیر سنگھ نِس زمانس منٛز بنیہٕ اُردوٗ زبان سأنٛی سرکأری زبان۔ لہٰذا دزٲیہٕ ہَنہٕ ہَنہٕ وَق گۄذرنس ستی یِہ زبان تہٕ تِمہٕ کامہٕ بابتھ لاگنچ وَتھ یوسہٕ اۆت تامتھ فارسی زبان کران اُس تہٕ دوٚنی انگریزی زبان تہٕ کران اُس۔ اُردوٗ زبأنی منٛز چھُ امہٕ قسمُک دٔسلابہٕ سیٹھاہ ورگہٕ یا بٔل واسطہٕ پأٹھی منشی محمد الدین فوق ہنٛدِ دٔسی سپدان ییٚمی کأشرِس تمدنَس تہٕ توأریخس مُتلِق وارِیاہ

کِتابہٕ لیچھِہ۔ یِمن منٛز کیٚنژن کأشرٕ بن شأیرن ہُنٛد حال تہٕ موجوٗد چھُ تہٕ فوقس پیٚتہٕ چھُ سُہ اہم ناو یِوان یٚمِس عبدالاحد آزاد وَنان چھِہ۔ آزادٕنی کِتاب "کشمیری زبان اور شاعری" یوٚ دوٚے ۱۹۴۷ پیٚتہٕ چھاپ سپدیِہ مگر یِہ چھےٚ مُلہٕ تلہٕ اَمہٕ برٛونٛٹھٕ مہٕ زمانٕچ کأم۔ عبدالاحد آزاد چھُ سُہ لِکھأرؠ یُس گوڈنچہِ لٹہِ سأرؠ ہے کأشرِس اَدبَس للہٕ کھوٚل گرِتھ اکھ سام پیش کران چھُ۔ آزادٕنی یِہ کِتاب چھےٚ ترٛٮ۪ن جِلدن منٛز رِیاستی کلچرل اکادمی چھاپ کٔرمٕژ۔ اَتھ کِتابہٕ منٛز چھِ الہٕ پلہٕ تَم سأری انہار درٛینٛٹھِ یِوان، یِم تذکرن منٛز موجوٗد چھِہ۔ آزاد چھُنہٕ بیشتر جایَن یِہ وَنان زِ سُہ ہے کأنٛہہ کتھ ونان چھُ، اَمیُک آگُر کیاہ چھُ؟ تٔمۍ یِنٛدِ مواذُک ماخذ کیاہ چھُ؟ تحقیقَس منٛز چھےٚ یِہ کتھ بارٕ اہمیت تھَوان۔ آزادَن چھُ پنٛن وارِیاہ مواد حسن کھُےٚ ہأمی۔ حأجی محی الدین مسکین تہٕ خاجہ دبدہ مری یِنٛزٕ وتصنیفو منٛزٕ حأصِل کوٚرمُت۔ کیٚنژن جایَن چھُ یِہ بلکُل یِمَن کِتاب ہِنٛدٕ بن بیانَن ہُنٛد سیٚدٕ سیٚوٗد ترجمہٕ باسان مگر سُہ چھُنہٕ یِہ وَنان زِ تٔمۍ کتہٕ چھےٚ یِہ شیٚچھ خبر حأصِل کٔرمٕژ۔ آزادٕنی کأم چھےٚ تحقیقی میزانو کِنۍ وارِیاہ ڈیٚج تہٕ غأر سایٔنٹفِک۔ یِہ چھےٚ تمہِ تحقیقی روٗحہِ تہٕ نظرِ نِشہِ ژھٔر یٚمیُک باس گُنہٕ حدس تام گرِہرِن دِوان چھُ۔ مگر پننو سارِوٕے خأمیو باوجوٗد چھُ آزادُن تذکرٕ کأشرِ زبأنۍ ہِنٛدِس تحقیقس تہٕ تنقیدی اَدبَس منٛز گریرِسنس پیٚتہٕ اکھ میلہٕ کنۍ۔ یٚتیٚن چھِ یِہ کتھ وَنٕنۍ تہٕ سبتھاہ لأزِم باسان زِ گرِیرِن یِنٛزن کامیٚن پیٚتہٕ اوس مختلف اِدارن ہُنٛد ڈوٗکھ تہٕ سرمایہٕ۔ تس یِتۍ اوس عملہٕ تہٕ مختلف عألمن ہُنٛد عِلم، گاٹہٕ جار تہٕ اتھ بنٛدُت۔ یِہ اُس اکھ مُشترک کوٗشِش۔ آزاد اوس گُن تہٕ کیٚول، نادار تہٕ مُفلِس، اکھ موموٗلی ماسٹر، یٚمیٚ نہٕ زیادٕ

تاٗلیم تہٕ پڑاٗوِمژ اٗس۔ تمۍ ہِندۍ وسیلہٕ اٗسۍ موٗحدوٗ دمگر تمۍ یتھٕ پاٗٹھۍ کاٗشرِ زباٗنۍ تہٕ اَدبہٕ کِس عشقس منٛز پننۍ زِندگی راوٕرٕ تہٕ چھپہٕ وِژ تمہِ چہٕ مِثالہٕ چھےٚ سبٹھاہ کم میلان۔ آزادس ستۍ سپز بڈ ٹریجڈی ییتہٕ زِ سہٕ اوس وُنہٕ مواٗ ے جمع کران تہٕ گو ییمہِ عالمہٕ۔ یہٕ کتھ بوٗزِتھ سپدن پیٚتھن وارِیاہ حاٗران زِ علی محمد کِتاب فروشہ سُنٛد فرزند چھُ وارِیاہ کالہٕ پیٚٹھہٕ یہٕ ونان زِ ''کشمیری زبان اور شاعری'' ناوچہٕ کِتابہٕ ہُنٛد یُس مُسوٗدٕ لس نِش موجوٗد چھُ سہٕ چھُ تمہِ نِشہٕ وارِیاہ مختلف یُس اکادمی ہِنٛدِ دٕسۍ چھاپ سپد یومُت چھُ۔ یوٗ دوٗے یہٕ کتھ پُز آسہٕ یہٕ اللہ اژ لگاوُن چھُنہٕ مُشکِل زِ اَمہِ ستۍ کاٗتیاہ نٔوۍ سوال چھِ کاٗشرِ زباٗنۍ تہٕ اَدبہٕ کِس تحقیقس مُتلِق پاٗدٕ سپدان تہٕ سانہِ تحقیقی اَدبُک صحی تصویر کیاہ چھُ؟

یوٗرپی لِکھاریو تہٕ محققو یتھ زباٗنۍ منٛز کاٗشرِس مُتلِق تحقیقس تہٕ تنقیدس دِس ٹُل سوتھاٗو ییٚمہٕ کینٛژو مُقاٗمی تہٕ غاٗر مُقاٗمی لِکھاریو جاٗری یِمن منٛز آنند کول بامزیٔ، ڈاکٹر جی۔ایم۔ ڈی صوفی، پی۔این۔کے بامزیٔ، جےلعل کول بیٚترِ کینٛہہ ناو چھِ۔

۱۹۴۷ ءِ بروٗنہہ چھےٚ تحقیقی تہٕ تنقیدی کامِن ہنٛزِ موموٗلی زِتنۍ ''بہارِ کشمیر'' تہٕ پرتاپ میگزین ناوکِمن رِسالن منٛز تہٕ درٕینٛٹھۍ یوان۔ مختلف زبانن منٛز روٗدۍ اُدیب کاٗشرِ زباٗنۍ تہٕ اَدبَس مُتلِق کم کینٛژھا لیکھان۔ اُتھۍ کامہٕ دِژ ۱۹۴۷ءِ پتہٕ سارِوٕے بروٗنہہ گُل ریز، کونگ پوش ہوٕ رِسالو مزید زیر۔ پروفیسر محی الدین حاجنی، امین کاٗمل، پروفیسر سری کنٹھ توشخانی، جیالعل کول ناظر، مرزا غلام حسن بیگ عارف، حیرت کاملی، تنہا انصاری، پروفیسر پی۔این۔ پُشپ بیٚترِ چھِ

یِموٕ ے رِسالو ذٕری یہِ مختلف موضوٗعَن مُتلِق سوچ کُل بود ہاوان۔ ریڈیو کشمیر، ساہتیہ اکادمی تہٕ ریاستی کلچرل اکادمی قایَم سپدنہٕ تہٕ کأشرِ زبأنی سِتۍ یِمن اِدارن سٕیدِ سیوٗد وابستگی سپدنہٕ سِتۍ گو اکھ نوٚو ماحول تیار۔ یِمو مختلف موضوٗعَن مُتلِق سبٹھاہ سنجیدگی سان سوچ تہٕ بے پناہ لگاوٕچ عمل تیز کٔر تہٕ کأشرِ زبأنی مَنٛز ہیتۍ تحقیقی تہٕ تنقیدی اَدبن پَنٕنۍ موٗل ڈٕکھراوٕنۍ۔

کأشرِ زبأنی مَنٛز یِمہٕ کِتابہٕ از کُل پٔتھ وٕری چھپان چھےٚ تِمن مَنٛز چھےٚ ووٗنۍ بے شک ترٛٚشہٕ کِتابہٕ تہٕ شأمِل آسان یِہُنٛد تولُق سٕیدِ سیوٗد یا وَرگہٕ پأٹھۍ تحقیقس سِتۍ آسان چھُ۔ یہٕ رٕوِتھ گیہِ مُلہٕ تلہٕ ۱۹۴۷ءِ پتہِ شوٗروٗ۔ بے شک پٔتھ کانٛہہ نقاد یا محقق چھُ پَنٕنۍ پأٹھۍ یہِ کوٗشِش کران زِ سُہ گوٚژھ کانٛہہ نوٚو معرکہٕ سَرٕ کٔرِن تہٕ کانٛہہ نوٚو مأدان ژھنٛڈُن۔ اَز چھِ واریاہ محقق مأدانس مَنٛز تہٕ کینٛہہ ناو چھےٚ پُزۍ پأٹھۍ مولہٕ وُنہٕ۔ مگر یِمہٕ کامہٕ تہٕ یِم محقق ہِن اَکِس اونگجہٕ ٹٮ۪نٛڈس پٮ۪ٹھ گُنزراونہٕ۔ تہٕ یِم ناو چھِ اَسہِ سارِنٕے ویٚدۍ۔ پَزر چھُ یہِ کأشرِ زبأنی مَنٛز چھُ سایٖنٹِفِک تحقیق وُنہٕ عنقا۔ تحقیقُک دأیِر چھُ سبٹھاہ تنٛگ تہٕ موٚحدوٗد۔ یہِ چھُ اکھ بوٚڈ تہٕ اہم وجہہ یِمہٕ کِنۍ سون تنقید اکھ پوٚختہٕ بُنیاد لبنہٕ بجایہٕ اکہٕ ہوأیی محلک تصوٗر بزوٗنٛتھ کُن اَنان چھُ۔ اَزتام یِتھہٕ پأٹھۍ اکثر کأشرٕ بن شأیرن ہُنٛد کلامہٕ سوٗمبراونہٕ تہٕ چھاپ کرنہٕ آمُت چھُ، تِتھ مَنٛز چھےٚ تِمہٕ تحقیق چہ بُنیأدی گٔژھ مُشراونہٕ آمٕژ۔ یِمہٕ کُنہٕ تہٕ پٔتہٕ کامہٕ باپتھ ضروٗری چھےٚ۔ کلامہٕ چھُ سبٹھا ان سایٖنٹِفِک طریقس مَنٛز چھاپنہٕ آمُت یِمہٕ سَبَبہٕ گٔرِس وارَے بٕزِیٚ آمٕژ چھےٚ تہٕ مَسلہٕ زیادٕ کٔرنٛتھ تہٕ پیچیدٕ بنٲومُت چھُ۔ ظأہر چھُ یہِ سأرِے کأم چھےٚ تۆتھ

تامَتھ بے مانے یُتھ تام نہٕ اُسی شاعرن ہُنٛد اَصل کلامہٕ سایٖنٹِفک بنٛیادن پیٚٹھ بَہ کڈو۔ Textual criticism یا کلاسِک صحی متن یا Text کھَر کَرُن چھُ کاشُرِ تحقیقُک اکھ اَہم تہٕ اولین کام۔ امہٕ رۆس ہیٚکہٕ نہٕ کانٛہہ تہٕ ٹھوس تہ بۆرُت تنقیدی اَدب بنٛیادِ لٔبِتھ۔ یہٕ چھِنہٕ شیخ العالمہٕ، حبہٕ خوتوٗن، اَرنہٕ مال، سوچھِ کرال، نعمہٕ صاٚب، شمس فقیر، شاہ غفوٗر تہٕ کانٛہہ شاعرن ہنٛزے کتھ بلکہ یہٕ چھُ اکھ بۆڈ ہجوم تہٕ اکھ زیٖٹھ سِلسِلہ۔ مہجوٗر تہٕ آزادنٕس آو آوٕس تام یِم شاعر کاشُرِ زبٲنؠ منٛز پَرتھیہٕ تہٕ پھاپھلییہٕ اکثر چھُ تِہنٛدِ کلاسِک یُتھے حال۔ اکی شارِکی یِم مختلف روٗپ یا وٕرشن (version) نظرِ گژھان چھِ یا اَکی سے شارٕس منٛز یوسہٕ لفظی فرق مختلف آہو چھےٚ تتھ مُتلِق یُس بحث سپدن گۆژھ تہٕ چھِنہٕ سپدیوٚمُت۔ کانٛسہِ شاعرٕ سُنٛد صحی کلامہٕ اصل پٲٹھی ترتیب دِیُن چھےٚ بے شک اکھ کرٕٹھ کام یوسہ نہٕ پرٛتھ کانٛہہ اَدیب تہٕ شاعر بال ہیٚکہِ اَنتھ تیٚمی حرف ژور پَرٛومتی آسن۔ یہٕ یَژھ پیٚتھین ڈاکٹر بلجی ناتھ پنڈتہٕ سنٛدٕن کیٚنژن لفظن منٛز باوتھ کَرٕنؠ۔ لیکھان چھِ:

"اگر پرکاش رامنہٕ راماینٕکو اَتھٕ لیکھی متی بیٚیہ کیٚنٛہہ جلد سپدن مرازٕ، کمرازٕ تہٕ یمرازٕ (شہر) منٛز دسیاب تہٕ تیلہِ ہیٚکہِ موجوٗدٕ ایڈیشن اَمہٕ رامایٕنک مِلہٕ نووٕمُت یا کرٕٹکل ایڈیشن تیار کرنٕس منٛز سبٹھاہ مُفید بَنِتھ۔ مگر سو کام چھےٚ اکھ بُڈ کام...... خاٚر...... اگر اپٕژرٕس منظوٗر آسہِ تہٕ کانٛہہ کانٛہہ نوجوان ریسرچ کَرن وول کرِ یہٕ کام ضروٗر پوٗرٕ۔"

یُہ دوٚے یِم لفظ اکہِ طرفہٕ ڈاکٹر صاٚبنہٕ محققانہٕ احساسٕچ تہٕ ایمانداری

ہنٛز نِشاندٕہی چھِ گران۔ دوٚیمہِ طرفہٕ چھِ تم یہِ کتھ تہٕ وَنان زِ تم چھِنہٕ کاٗم تیتھِ پاٹھی باضل اَنِتھ ہیٚکِمٕتی۔ یتھِ پاٹھی اَکس مُحقّقس پَزِ ہے۔ حالانکہِ تمن نِش آسی پرٛکاش رام ہٕندِ راماینکی پانٛژ وٕرشن بدس۔ یِہِ اَکس واٗنسٕٹھ شخص پرٛساد کاک سُنٛد ژھتہٕ ووٚترٕ تہٕ۔ یِمن حالاتن مَنٛز تہٕ چھِنہٕ ڈاکٹر صاٗب صحیٚی Text یا اصل کرِٹکل ایڈیشن ترتیب دِنس مَنٛز کامیاب سپد یوٚمت۔ تمن شاعرن ہُنٛد کلامہِ ترتیب دیُن کوٚتاہ کرٛوٹھ چھُ یُس سیٚنہٕ بہ سیٚنہٕ ہتہٕ بدبن وٕری ین اکہِ پیر پتھ دوٚیمہِ پیرٕ تام ووتمُت آسہِ تمیک اندازٕ لگاوُن چھِنہٕ مُشکِل۔

بہٕ پرٛژھ یِتھن ''لل دبد'' ناوچہِ کِتابہِ ہنٛز تہٕ ذِکر کرُن یوسہِ اکادمی ہنٛزن مقبوٗل ترٛین کِتابن مَنٛز اکھ چھےٚ۔ تہٕ یِمکی کیٚنٛہہ ایڈیشن وٕنِیک تام چھاپ سپدیمٕتی چھِ۔ اتھ مَنٛز چھےٚ تمہِ سارےٚ خاٗمیہِ موجوٗد یِمن کُن مےٚ اِشارٕ کوٚر۔ شارِ ژاٗرگرن واٗلی چھِ وَنان:

''آج تک لل دید کے کلام کے جو نسخے شایع ہو چکے ہیں۔ ان میں واکھوں کی ترتیب کسی اصول کے تحت نہیں پائی جاتی۔ موجودہ مجموعہ میں یوگ کی مشق عمل کے بتدریج مدارج کو مدِنظر رکھ کر یہ ترتیب بدل دی گئی ہے۔''

مگر سوال چھُ پاڈٕ سپدان۔ گوڈٕ چھا یِم ساٗری واکھ للہِ ہٕندی؟ اگر چھِنہٕ تیٚلہِ کتھ حدس تام چھِ یوگی عملہِ ہٕندِ اِرتقاء موجوٗب یِم ترتیب دِنٕی روا۔ مُحقّقانہٕ تصور چھُ یہِ زِ یُس کلامہِ للہِ ستی منسوٗب سَپد یوٚمت چھُ، تمن ستی چھِ نہٕ صِرف دوٚیمین دورَن مَنٛز لیکھنہٕ آمٕتی واکھ اَن زاٗنی پاٹھی یا زاٗنِتھ ماٗنِتھ رَل

گرنہٕ آمتۍ ئلۍ کہِ لل دید تہٕ شیخ نورالدین ہِندِس زمانٔس منٛز یہِ کینٛژھا رُت تہٕ مولہٕ وُن کلامہٕ دۄیمین شاعرن ہِندِ ذٔسۍ تخلیق سپدمُت چھُ، تمیُک اکھ حِصہٕ تہٕ چھُ اتھ منٛز شأمِل سپد یومُت۔ اکہِ پۄرٕ دورُک موختہٕ چھُ یمن سۍتۍ وابستہٕ سپد یومُت۔ تہٕ اَتھ پۄت منظرس منٛز چھِ بے شُمار سوال پأدٕ سپدان۔ یم گُنہٕ تہٕ سایٖنٹِفک تحقیقہٕ خأطرٕ ضرۄری چھُ۔ شارٕ ژأرٕ گرن وألی چھِ ترٛٹھٕ کتھٕ تہٕ لیکھان۔ یمہٕ یا تہٕ امہِ بڑونٛہہ ہیٚہٕ کأنٛسہٕ وَنہِ مٔژ چھےٚ۔ مگر حوالہٕ دِنہٕ رۄستُے چھِ پننہٕ ناوٕ جمع ترٛاوان۔ یہِ چھےٚ تحقیقی اَنہارَ وۍنٛزٕ اکھ بڈٕ خأمی مانہٕ یِوان۔ یوتُے نہٕ ئلۍ کہِ کینٛہہ کتھٕ چھےٚ کینٛژون مُصنفن ہِنٛزٕ غلط پأٹھۍ دَرٕج کرنہٕ آمٕژٕ۔

تحقیق چھُنہٕ ہرٕ کٕنۍ ئِتھن افسانٕن پٮ۪ٹھ پھاپھلان۔ ئلۍ کہِ تتھ مواد س تہٕ مَلبس پٮ۪ٹھ یُس دستیاب آسہِ۔ مُحقق چھُ آگرن ہُنٛد حوالہٕ دِتھ مختلف زمانن تہٕ اہم واقاتن ہِنٛزٕ روشنی منٛز مختلف زأوی جار اَبساوان تہٕ اصل حقیقت بڑونٛٹھ گٔن اَنان۔ یِتھین چھُنہٕ سون مُدا یہِ کِتاب یا ہیٚہٕ کأنٛہہ خاص کِتاب موضوع بحث بناوُنۍ۔ نہٕ چھےٚ تیُٚ یِتھین گُنجأیش تہٕ وَنُن چھُ یہِ زِ تحقیق کِس ناوَس پٮ۪ٹھ چھِ وُنیُک تام زیادٕ ترٕ گلی آلہِ وَنہٕ آمتۍ۔ ترٛٹھٕ کِتابہٕ آیہِ از تام سبٹھاہ کم لیکھنہٕ یمہٕ اصل تحقیقی شۆعۆرُک باس دِوان چھےٚ۔ تہٕ یمو مُتلق یہِ ہکو وَنِتھ زِ یمو ترٛأو کاشُرِس اَدبَس منٛز سایٖنٹِفک تحقیقُچ بُنیاد۔

یتھٕ پأٹھۍ مے گوڈٕ عرض کۆر۔ تحقیقی منصوٗبہٕ چھِ مۆجوٗدٕ وَقتن منٛز اِنفرأدی کۆشِشو بجایہِ مُشترکہٕ یا اِجتمأیی کۆشِشو سۍتۍ بامَل یِوان۔ یِژھن کامن ہِندِ خأطرٕ چھُ وقتُک تہٕ ضرۆرت تہٕ پۆنٛسہٕ تہٕ حاجتھ۔ تہٕ یم دوشوے

چیز ہیکن نہٕ اِنفرأدی طور سارِنے شُھن مہیا أسِتھ۔ یۄہے وَجہ چھُ یم مُحقق اِنفرأدی طور اَمہِ قسمچ کل بودھ یا سامرتھ ہاوان چھِ تم چھِنہٕ مألی دُشوارِیو کِنۍ زیادٕ کالس مستقل پأٹھۍ ڈاڈ کرِتھ ہیکان۔ یۄ دوَے رِیاستی اکادمی پتۍ موٗ ورۍ یو پیٹھٕ پننیو موٗحدوٗد ذٔرِیو سٟتۍ واریاہن کامین منٛز ووٹھ تراو یمہٕ اَدبی تہٕ ثقافتی طور اہم چھےٚ مگر دُنہٕ ہیٚچ نہٕ ییٚتہٕ اکہِ تیتھِ تحقیقی اَدارِچ شکل پرٛأوِتھ ییٚتہٕ مختلِف مأہر مختلف منصوبن پیٹھ رٕلتھ میلتھ کأم کرن۔ ڈِکشنری اُس بیشک اَمیُک اَکھ رُت دُسلابہٕ۔ مگر اتھ تیٚتھ وِسجار بخشُن یُتھ رَنگہٕ رَنگہٕ کامہِ بأل ہین چھُ سبٹھاہی ضروٗری۔ سرِدس گوڈنُن اکادمی سٟتۍ کم از کم وہ پنٛژوہ مأہر یم مختلف زبانن تہٕ شوبن منٛز مأہر آسن وابستہٕ سَپدنۍ۔ یم گوڈن مختلف تحقیقی کامہِ بأل اَننہٕ باپتھے لاگنہٕ یِنۍ۔ یمن گوڈن تام وسیلہٕ تہٕ سہولیٖژ مویسر سَپدنہٕ یمہٕ موجوٗد دورَس منٛز سایِنٹِفک تحقیقہٕ باپتھ ضروٗری چھےٚ۔ یہ آسہٕ اکھ رُت قدم۔

پۄز چھُ از چھےٚ اکادمی لِکھارین تہٕ شأیرن کِتاب چھاپنہٕ خأطرٕ سبسِڈی دِوان۔ تہٕ کینٛہہ کِتابہٕ چھاپان۔ مگر یۄتُے چھنہٕ کأفی۔ مُحقِقن گوڈن اِنفرأدی طور تمہٕ سارِےٚ سہوٗلیو مویسر سَپدنہٕ یمو سٟتۍ تم مُلکس منٛز تہٕ مُلکہٕ نیبر پنٕنِس تحقیق کِس سِلسِلس منٛز گوٗرِتھ ہیکن۔ مےٚ چھُ پےٚ کینٛہہ شُبٕہ چھِ افغانِستان، ایران، تبت، چین تہٕ پاکستان مختلِف کامہِ بأل اننہٕ باپتھ گوڈن یِوان مگر موٗقوٗل خرچہٕ تہٕ سہوٗلژ نہٕ آسنہٕ سببہٕ چھےٚ یِہنٛز کامہِ تیتھے پأٹھۍ پیمو۔

(شیرازٕ، جوٗن ۱۹۷۹ء)



# مورِخ پی۔این۔کے بامزئی : اکھ سام

[ ۲۱/اکتوبر ۱۹۸۸ء اوس اَمہِ دوہہ آیہِ براڈوے ہوٹل سرینگرس منٛز اکھ خاص تقریب منعقد کرنہٕ، یتھ منٛز مشہوٗر توآریخ دان تہٕ دانشور شری پی۔این۔کے بامزئی صابس کلچرل اکیڈیمی ہنٛدِ طرفہٕ خلعت پوشی کرنہٕ آیہِ۔ تقریبہٕ ہنٛز صدارت کٔر پروفیسر پی۔این پُشپ صابن تہٕ مے پوٚر بامزئی صابس پیٹھ مقالہٕ۔ مہمانن ہُنٛد استقبال کوٚر سیکریٹری اکیڈیمی محمد یوسف ٹینگ صابن۔ اَمہِ تقریبہٕ ہنٛزِ سارِے کاروأیی آیہِ عکس بنٛد کرنہٕ۔ اتھ موقس پیٹھ آیہِ بامزئی صابس کاشرِس توآریخس، کلچرس تہٕ تمدٔنس پیٹھ وارِیاہ سوال پرٛژھنہٕ، یمن ہنٛدی تمو تسلی بخش طریقس پیٹھ جواب دِتؠ۔ ]

سانین ازکال کین مورِخن منٛز چھِ پنٛڈت پرٛتھوی ناتھ کول بامزئی یِم پی۔این۔کے بامزئی ناوے زیادٕ ناماوار چھِ اکھ اہم جاے تہٕ پاے تھاوان۔

یم چھِ ترٛےٚ بن اہم کِتابن ہِندی لِکھاٗری۔ یِمہٕ چھےٚ ''ہِسٹری آف کشمیر''[1]، ''سنٹرل ایشیا اینڈ کشمیر''[2] تہٕ ''سوشو اِکونومِک ہِسٹری آف کشمیر ۱۸۴۸ء تا ۱۹۲۵ء''[3] تہٕ تریشٕونی ہُنٛد تولُق چھُ کاٗشرِ ہِسٹری سٟتۍ۔ اٲخری زٕ کِتابہٕ چھےٚ ناوِ تلے اکھ نوٚو مٲدان ژھنڈٕنچ کَل تہٕ نٔہج ہاوان۔ یِمہٕ چھےٚ کٔشیرِ ہٕنزِ ہِسٹری ہِنٛدی تِم کوٗنٛج تہٕ اَنٛہار بَدِ کڈان، یور کُن وُنہٕ سبٹھاہ کم ظون چھُ گومُت۔ بامزئی صاب سَپدی کاٗشرِ بن مورِخن ہِنٛدِس سِلسِلس مَنٛز تِمی ساتہٕ ٲسۍ تہٕ وٕیٛدی یِتھےٚ یِمو ''ہِسٹری آف کشمیر'' مارکس مَنٛز ترٛاٚو۔

1. A History of Kashmir.
2. Central Asia & Kashmir.
3. A Socio-Economic History of Kashmir. 1848 to 1925

ترٛےٚ پیرِ یعنی پنڈت ست رام کول بامزئی، پنڈت طوطہٕ رام کول بامزئی تہٕ پنڈت آنند کول بامزئی یَس پَتہٕ چھِ پنڈت پرٛتھوی ناتھ کول بامزئی زینہ کدلس نکھہِ گُر گَڑی محلس مَنٛز ۱۹۱۰ عیسوی سنٛس مَنٛز تھَنہٕ پیوان، یِیلہِ ڈوٗگرِ مہاراج پرٛتاپ سنگھ کٔشیرِ ہِنٛدی حُکمران اوس۔ یِہنٛدی واٗلِد پنڈت آنند کول بامزئی چھِ پننہِ زمانکۍ باوَصف مَنٛش اٲسۍمتۍ۔ تِم اٲسی سبٹھاہ رِتۍ تہٕ گاٹلۍ۔ تھَد، پایکۍ عاٗلِم تہٕ فاضِل تہٕ تمدُنکۍ زبردست دِلدادہ۔ تِتۍ شوق تہٕ گون اٲسی اَکِہے جایہِ یکجا سپدیمتۍ۔ کٔشیرِ مَنٛز اٲسی ڈوگرِ شاہی بارَسس آمتِس فقط وُہ وٕری گٔمتۍ۔ جموں و کشمیر سٹیٹ اُس وجوٗدس مَنٛز آمٕژ تہٕ مختلف کلچرل اِکائین اُس اَکِس نٔوِس اِنتظامی ڈانچس مَنٛز لانٛی مِلہٕ وَن گٔمٕژ۔ پنڈت آنند کول بامزئی یَن

لوّب شاہ۔ یہ اوس سُہ زمانہٕ، ییٚلہِ فارسی زبانٕ ہٕنز جاے اُس ووٚنی اُردوٗ تہٕ انگریزی زبانٕ سیٚدِ سیوٚد تہٕ وَرگہٕ پاٹھی رٹان۔ یہِ چھُ صٔحی زِ مہاراج رنبیر سنگھ تہٕ مہاراج پرتاپ سنگھ نِس عہدس منٛز تہِ آیہ کیٛنٛہہ مولہٕ وِنہِ کامہِ فارسی زبانٕ منٛز بامِل۔ یِمَن منٛز حسن شاہ کھویہامی (۱۸۳۲ء - ۱۸۹۸ء) ہِنٛز باگہٕ بُرٕژ توأریخ ''تاریخِ حسن'' زِ ہٕنٛز مُشراُوِتھ ہکون نہٕ۔ اماپوٚز پَزر چھُ یِتہٕ زِ فارسی زبانٕ ہُنٛد رِواج اوس ووٚنی ہَنہِ ہَنہِ ژھوکان ڈوکان تہٕ دَم ہاران۔ پنٛڈت آنند کول بامزٔی اُسی تِمن گوڈنکین کأشرین منٛز بڑونٛہہ بڑونٛہہ ییمَو مشن سکوٗلس منٛز پوٚر تہٕ انگریزی تأليمہٕ سٟتی پنُن پان گاشروو۔ یہِ چھُ اکھ سُہ دور ییتھ منٛز باکمال تہٕ بے جوڑ یوٗرپی لِکھارین محقق تہٕ عألِمن ہٕنٛز اکھ چھوکھ ییٚتہِ سرگرم سَپٕز تہٕ ییٚتہٕ چہٕ زبانٕ اَدبس تمدٕنس تہٕ توأریخس منٛز سبٹھاہ دِلچسپی ہأوتھ یِمن لَلہٕ کھول گُرِتھ وارِیاہ جان کأم گرٕ۔ یِمن باصِفت اِنسانن منٛز چھِ والٹر لارنس، آرل سٹاین، ریو ہنٹن نولز، بہلر، سرجارج ابراہیم گریرسن، فیڈرِک ڈریو، ٹی آر، واڑے بیٚترِ قأبلِ ذِکر۔ اکھ نوٚو شوق۔ نۆو بصیرت تہٕ ہوا نوا آیہ درِینٛٹھی، ییمَو کأشری عألِم تہٕ لِکھأری تہٕ وِلسنس اُتی تہٕ یِتھِ کامہِ کرنہٕ خأطرٕ بیقرأر کرِی۔ پنٛڈت آنند کول بامزٔی سُنٛد ناو چھُ تِتھین دأنشورَن منٛز سرس یِمن یِتھ گل گنے یِہ۔ تِم سَپدی بنگال چہٕ ایشیاٹک سوسائٹی (Asiatic Society of Bengal) سٟتی وابستہٕ تہٕ لیٚکھِکھ انگریزی زبانٕ منٛز کیٛنٛہہ اہم مضموٗن۔ اَمہِ ییتہٕ لیچھ تِمو کٔشیرِ مُتلق کیٛنٛہہ خاص کِتابہٕ۔ یِمہٕ پرِتھ اَز تہٕ یہنٛدِ علمی بجرُک تہٕ شَنہٕ مطالُک باس لگان چھُ، یِمہٕ چھےٚ:

(۱) جموں و کشمیر جیوگرافی

(۲) آرکیولوجیکل رِمینسز اِن کشمیر

(۳) کشمیری پنڈٹ

(۴) للّی یوگیشوری

(۵) نُند ریشی

اَمہِ علاوٕ رٕوٕدٕ تم ریو ہنٹن نولزس(Rev. Hunton Knowles) ستیٖ کاشرِ بن محاورَن تہٕ پرٕ بوٚن مُتلِق کِتاب: "Kashmiri Proverbs and Riddles" ترتیب دِنس منٛز یمن سبٕھاہ لرِ لوٚر۔

پنڈت آنند کول بامزئی رٕوٕدٕ کیٚنٛژون اہم عہدن پیٚٹھ کأم کران۔ تم رٕوٕدٕ کیٚنٛژس کالس کسٹم تہٕ ایکسائیز محکمکی سربراہ۔ تم اُسی سرینگر میونسپل کمیٹی ہٕنٛدی صدر یُس تمن دوہَن سبٕھے باعزت تہٕ معتبر عوہدٕ اوس مانہٕ یِوان۔ شہرُک سوٗرُے ہنگ رَنگ اوس اُکی ہے مَتہِ آسان۔ اَتھ زمانس منٛز یمہٕ کینٛہہ پایہٕ بجہٕ تہٕ لاجواب شخصیو کٔشیرِ یِوان روزٕ یمن ستیٖ اوس یہنٛدِ گرِ خاص محفلِن تہٕ مجلِسن ہُنٛد اِنتظام کرنہٕ یِوان۔ مثلن یور آیہٕ سوامی وِویکانند، رابندرناتھ ٹیگور، ڈاکٹر سرمحمد اقبال، تیج بہادُر سپرو، مشہوٗر صنعت کار جمشید جی ٹاٹا ہٕندی فرزند سرِدُراب جی ٹاٹا تہٕ تہنٛز آشینٛز۔ یہنٛدِس اعزازس منٛز آو یہنٛدِ گرِ سال تہٕ خاص مجلِسن ہُنٛد سَنٛز کرنہٕ۔ کٔشیرِ ہِنٛدٕ بن عالِمن تہٕ لِکھارِ بن ہُنٛد اور یُن اُسنہٕ کانٛہہ نوٚ کتھا۔ مختلف مالِمن اوس دَل دِنہٕ یِوان۔ یہُنٛد توٗلُق زیادٕ تر ہِسٹری، عِلمس، ادبس، تمدُنس تہٕ زبأنی ستیٖ اوس آسان۔

پنڈت پرتھوی ناتھ کول بامزئی چھِ بختاوار زِ تمو لوٚب تِہِنس ماألِس نِش پھاہ۔ تمن میٚوٗل لوکچارِ پیٹھے اکھ سُہ ماحول یمی تہُنز یودھ تہٕ ذہن اُکِس خاص قاألبس منٛز ترٛاأوی تہٕ یمن منٛز اکھ سو زِتیٚژ شولہٕ نے یہٕ یوسہٕ ساأنس تمدُنس تہٕ تواأرٟخس زوٗل گرنک سبب بنیہٕ۔

پی۔این۔کے بامزئی سنٛز علمی سرگرمی گیہٕ مُلہٕ تلہٕ ایس۔پی کالجس منٛز شوٗروٗ، ییٚتہٕ تمو بی۔اے آنرس کوٗر۔ تمو کوٗر تواأرٟخ نوٚیسی ہُنٛد دُسلابہٕ کالج میگزینَس منٛز کیٚنژن شخصیٚژن مثلن زین العابدین بڈشاہ، للہٕ دتیہ، منکتا پیڈ تہٕ شری بھٹس مُتلق لوکٹو مضموٗنو سٟتی۔ یمن دوہَن اوس ایس۔پی کالجس منٛز اکھ خاص میڈل آسان۔ یتھ سوج نراین گولڈ میڈل وَنان اُسی۔ یہٕ اوس تَس لڑکس دِنہٕ یِوان یُس اقتصادیاتکس کُنہٕ خاص موضوٗعس پیٹھ کانہہ جان تہٕ زوٗردار مقالہٕ لیکھِ ہا۔ بامزئی صاأبن لیٚوٗکھ ''کشمیر انڈر مُغلز۔ این اِکونومِک سروے'' (مطلب کشیرِ مغل دورس منٛز۔ اکھ اقتصاأدی جاأیزٕ) اکھ مقالہٕ۔ یہٕ آو سبٕھنٟے پَسند کرنہٕ۔ یہٕ چھپیو پَتہٕ انڈین جرنل آف اکونومکس (Indian journal of economics) ناوِ کِس مشہوٗر میگزینَس منٛز۔ اُمی دُراأوی یِہندی کوٗشش تہٕ یمو لیٚوٗکھ اُتھی طرزس پیٹھ بیاکھ مُقالہٕ ''کشیرِ: سِکھ دورس منٛز۔ اکھ اقتصاأدی جاأیزٕ''

بامزئی صاأب اُسی یِژھان زِ تم گوٚژھن نمبر تہٕ کرن اقتصادیاتس یا ہسٹری منٛز ایم۔اے۔ مگر ماألی ہِنٛدِ بجرِ کِنۍ ہیٚکی نہٕ تہٕ کرِتھ۔ تمو ہیٚوٚت ییٚتی پنُن کارِبار کرُن۔ ۱۹۴۱ یَس منٛز سپٕدۍ پنڈت آنند کول سورگہٕ واس تہٕ ساأری ہے لوٗگ ژھین ہیٚو۔ بقولِ فیض

اور بھی ہیں زمانے میں محبت کے سِوا

راحتیں اور بھی ہیں وصل کی راحت کے سِوا

بامزئی صاٗبن سُنہٕ روو پٔژن کھور تجارتس منٛز۔ یم لٲگۍ رِکلی، شیشہٕ تہٕ کلایہٕ ہُنٛد کارٕ بار کرنہٕ۔ دوٚیم جنٛگ عظیم اوس شوٚرۍ گوٚمُت تہٕ یمن سپٕز کلایہٕ کارس منٛز تیژ یٲری تہٕ برکت زِ یمن پیو 'کلایہٕ راجہٕ' ناو۔

۱۹۴۷ یَس منٛز آو عوامی راج بارسس۔ برصغیرکہٕ تقسیم تہٕ قبٲلی حملہٕ کنہٕ اوس سوٗرے کاروبار روٗدمُت گوٚمُت۔ زِندگی ہٕنٛدی مختلف شعبہٕ نوٚ سرٕ شیرنک تہٕ پٲرنک اوس دوٗنی سنٛز سپدان۔ پنڈت جانکی ناتھ زُتشی (یم رِیاستس منٛز ڈائریکٹر جنرل انفارمیشن تہٕ براڈ کاسٹنگ اٗسی) ہِنٛدِ دایہٕ تہٕ مشورٕ سپدی پی۔این۔کے بامزئی اتھی محکمس سٟتی بحیثیت سپیشل آفیسر وابستہٕ۔ یم سپدی کٲشرِ ہُنٛد اکھ ہینڈ بُک تیار کرنچہٕ کامہٕ سٟتی آوٕرۍ۔Keys to Kashmir ناوٕچ کِتاب یوسہٕ کٲشرِ مُتلِق کینژن زٕودار مضموٗنن ہنٛز اکھ سوٗبرن چھےٚ آیہٕ ترتیب دِنہٕ تہٕ چھاپ کرنہٕ۔ امہٕ پتہٕ سپدی یم نوٚ دِلہٕ منٛز مرکزی سرکارٕکس پبلی کیشنز ڈوِژنس (Publications Division) سٟتی وابستہٕ۔ یم بنےٚ یہٕ اکہٕ مشہوٗر انگریزی رِسالکی ایڈیٹر۔ اتھ اوس ناو "کشمیر" یہٕ اوس پنٕنہٕ قسمُک گوڈنیُک اکھ رِسالہٕ ییٚمیُک دٕخل کٲشرِ سٟتی اوس۔ یہٕ اٗسی اتہٕ یمن بروٗنہہ اے۔ایس رمن (A.S. Raman) کڈان۔ یم پتہٕ السٹریٹڈ ویکلی آف انڈیا میگزینکی ایڈیٹر بنےٚ یہٕ۔ بامزئی صاٗب روٗدی کینژس کالس "مارچ آف انڈیا" (March of India) میگزینکی تہٕ ایڈیٹر۔ یُس پٕنٕنہٕ قسمُک اکھ شوٗبہٕ دار معتبر میگزین اوس۔ ۱۹۷۱ یَس

تام روٗدی بامزئی صاأب یتھو پیا (Ethopia) سرکارِکی صلاح کار برائے اِطلاعات ونشریات۔

انگریزی زبانی منز کشیرِ ہنز اکھ مُکمل تہٕ زُودار ہسٹری لیکھنک خاب آو یمن مُلہٕ تلہٕ تِمنے دوہَن ووتلتھ ییلہٕ یم رِیاستی محکمہٕ اِنفارمیشن محکس ستی وابستہٕ اأسی۔ اکھ وبڑھے اأسی ووٗنی محسوٗس کران تِکیازِ کشیرِ ہُند سوال اوس سلامتی کونسلس تام ووتُمت۔ پوٗرِ دُنیاہَس منز اوس کشیرِ ہُند چرچہٕ۔ مُلکس منز تہٕ مُلکہٕ نبر اأسی واریاہ لُکھ اکھ وزن دار موتبر تہٕ مُکمل ہسٹری ژھاران۔ ییلہٕ یہٕ کتھ شیرِ کشمیر شیخ محمد عبداللہ ہِندِ بن کَنَن تام واأژ، یم تمہٕ وِزِ ریاستکی وزیرِاعظم اأسی زِ پی۔این۔کول بامزئی چھِ اتھ جان کامہٕ دَس تُلُن یژھان تہٕ تِمن نِش چھُ بژ وٗنٹھِ پیٹھے پنڈت آنند کول ہِندی دٕسی واریاہ مواد جمع ۔ تم سپدی سبٹھاہ خوش۔ ساأری دستاویز یم سرکاأری تحویلس منز اأسی آیہٕ یمن آیتن تھاونہٕ۔ جموں آرکایوزِ پیٹھ آیہٕ اکھ ساس اہم فایلہٕ اَنہٕ ناونہٕ تہٕ یمہٕ روزٕ بامزئی صاأبس نِش پوٗرِ دون وٕری یَن مُطالہٕ باپتھ۔ تہٕ یتھِ پاأٹھی سپُد تِمن گوڈنچہ لٹہِ سُہ مواد بدس۔ یُس نہٕ یمن بژ وٗنہہ کأنسہِ وُچھمُت تہٕ استعال کوٚرمُت اوس۔ یہنزٕ ہسٹری بژ وٗنہہ چھے کشیرِ مُتلِق انگریزی یَس منز ضروٗری کینژہہ یادگار کِتابہٕ چھپیمژٕ۔ یمہٕ چھے ڈاکٹر محی الدین صوٗفی سٕنز ''کشیر'' معتبر سیاستدان تہٕ جرنلسٹ پنڈت پریم ناتھ بزاز سٕنز ''اِن سایڈ کشمر'' تہٕ ہسٹری آف سٹرگل فار فریڈم اِن کشمیر'' سابق وزیرِ اعظم آر۔سی۔ کاک سٕنز (Ancient monuments of Kashmir) ۔ ڈاکٹر آر۔کے پارموٗ سٕنز ''ہسٹری آف مُسلم رول اِن کشمیر'' تہٕ

پروفیسر مُحب الحسن سِنز ''کشمیر انڈر سلطانز''۔ یمن مَنز چھے پَننہِ زمانہِ موٗجوٗب اکھ نوٗ تیٖمہ تہِ اکھ نوٗ بصیرت لبنہٕ یوان۔ ووٗنی گو یِہُند رَنگ تہِ انہار چھُ بدل۔ یمہِ چھے کیٚنژن دورن تہِ موضوٗعن تامے محدوٗد۔ ڈاکٹر صوٗفی سُنٛد ظون چھُ تمن حالاتن تہِ واقاتن کُن یمہِ کشیٖرِ مَنز ژوداہمہِ صدی عیسوی پٔتھ دَرپیٚشھِ آیہ۔ یِہُند زور چھُ زیادٕ تر شعر و شاعری کُن تہِ اَمِچ ترتیب چھے ڈیچر تہِ کمزور۔ کتاب چھے یِہے ٹاکین وَہراونہٕ آمٕژ۔ بزاز صأب عمن کِتابن مَنز چھُ سیأسی ہسٹری ہُنٛد عنصر زیادٕ یِہَن ووتلیوٗمُت۔ پارمو صأب تہِ ڈاکٹر مُحب الحسن چھِ روایت پَسنٛد محقق تہِ مورخ۔ تم چھِ زیادٕ تر اُکِس ریوٗٹرِ ہِندی پأٹھی واقات سوٗمبران تہِ پیش کران۔ اکھ نقاد ییٚتھ پأٹھی مختلف کتھن ہنٛز مولہِ اُنٛگہِ وَن کران چھُ یا پتہٕ مأہرانہٕ وبوٗھنے یا Interpretation پیش کران چھُ سو چھے خالے درپیٚشھِ یوان۔ یمن سارِنے ناوَن مَنٛز چھُ مُنشی محمد دین فوق سُنٛد ناو تہِ توجہس لایق۔ یمو اُردو زبأنی مَنز ہرگوپال خستہ سِنٛدِ ''گلدستہ کشمیر'' پتہٕ کأشرِس توأریخس تہِ تمدنَس مُتلق رکھوٗ کِتابہِ لیچھ۔ یمن مَنز تاریخ اقوام کشمیر، تاریخ کشمیر، تاریخ بڈشاہی، مشاہیر کشمیر بیترِ کیٚنہہ چھے۔ شخصی راجس تہِ غولأمی ہِنٛدِس دورَس یوسہ حالتھ عام کأشرِی سِنٛز اُس سو چھنہٕ کأنسہِ نِش ژوٗرِ۔ یم واریاہ کأشرِ ییٚتہِ ژٕلی تہِ مستقِل پأٹھی ریاستہِ نیبر دوٗیمِن جایَن بَسنہٕ لگی۔ یا یم وَنٛدِ کالس عارضی پأٹھی موٗزوٗرِی تہِ کارِبار کَرنہِ گوٚھان اُسی، تِہنٛز حالتھ تہِ اُس نہٕ جان کیٚنہہ۔ تمن اوس ''بانٛڈ تہِ ہَتوٗ'' وَننہٕ یوان۔ اُردوٗ ڈِکشنری چھے تِتھو مانیو ستی بٔرتھ، یم کشمیری (کأشرِس) دِنہٕ آیہ۔ ژمُن تہِ ہٹہِ وَسُن اوٗ کطرف۔ کیٚنہہ کتھ پُرتھ چھُ اُسن

یِوان۔ مثلن یہِ وُچھِو تو:

"کشمیری بے پیری جس میں نہ لذت نہ شیرینی" مہذب اللغات۔

(یوسہٕ کیٛژون جِلدن پیٹھ مشتمل چھےٚ) چھےٚ اَسہِ ونان:

"عام طور سے دہلی اور لکھنو میں جن کشمیریوں نے آ کے رہنا اختیار کیا ہے ان کو عام طور سے بھانڈ کہتے ہیں۔"

پنجاب بیٚترِ جایَن اوس عام کاشُر "ہتو" ناوے پٔزٕ بٔناونہٕ یِوان تہٕ سبٹھاہ کم تر تہٕ وُسی پایہِ زانن یِوان۔ یہِ وُچھِتھ یُس شدید ردِعمل وارِیاہَن بیدار کاشرِبن گَو، اُمی تہٕ وِہناوتحریکِ حُریت تمبر ہٕنز پاٹھی۔ منشی محمد دین فوق تہٕ کشپ بندھو ہوی شخص پھٕرِناوی ژکہِ یِمہٕ وِے دِل خراش واقاتو صحافس کُن۔ یِمن حالاتن منز اوس یہِ تہٕ ضرٕوری زِ کاشرِبن ہٕنزِ اصل ہسٹری، تمدُن تہٕ مولہٕ میراثچ وبٕدھنے گژھِ سَپدٕنی عام فہم زبانِ منز۔ منشی محمد دین فوق ہٕنزن کِتابن منز آسن تحقیقی طور وارِیاہ بٔتھ مگر یِہنٛد مرتبہٕ پٔزٕ اَسہِ اُتھی پوٚت منظرس منز کھرِ کرُن۔ کٔشیرِ مُتلِق یِمہٕ کِتابہٕ یِمہٕ صٔدی ہٕندِ بن گوڈنکین پانژن دہلین اَندر لیکھنہٕ آیہِ، تِمو تہٕ کُر اتھ رنگس منز وارِیاہ کاٛم۔ بامزٔی صأبنٕ ہسٹری یوٚدوَے آزأدی پٔزاونہٕ پَتہٕ پٔنداہِ وُہری چھاپ سَپدٕیہٕ۔ یہِ سپز مُلکس منز تہٕ مُلکہٕ نٮ۪برٕ کٔشیرِ صحی رنگس منز سمجھنہٕ خأطرٕ اکھ معتبر آگُر تہٕ ذُری یہِ ثأبِت۔

بامزٔی صأب چھِنہٕ کُنہٕ اِزمَس یا دَرمَس لأرِی تہٕ تمِیک شیشہٕ لگأوِتھ حالاتھ تہٕ واقاتھ پرکھاوان یا یِمن مُلہٕ مایہِ کران۔ تِم چھِ غیر جانبدأری سان جذبأتی بنِنہٕ ورأے أکِس سنجید تہٕ دَم دار مورِخہٕ ہٕندی پأٹھی جان تہٕ شوٗبدار

شٲلیس مَنٛز مختلف کتھہٕ بڑٕ وٕنٛتھ کُن آنان۔ یِہِنٛز نظر چھےٚ کٔشیٖرِ ہِنٛدٕ بن اندرؤنی حالاتن تاپے روزان۔ تِکیٚازِ تِم چھِ تتھ تہٕ سَنان یِہ کٔشیٖرِ اَندی پٔکھی سپدان روزان چھےٚ۔ بامزئی صأبَس چھےٚ یِیمہٕ کتھِ ہُنٛد شدید احساس زِ ہِسٹری چھےٚ ہرگز River of Kings یعنی رازن تہٕ پادشاہَن ہُنٛد ذِکری یاو۔ یِہ زَن ساٚنِس وارِیاہَن مورِخن ہُنٛد نظریہ روٗدمُت چھےٚ۔ تِمن نِش چھےٚ ہِسٹری ساٗئنٛز کتھ، لُکن ہِنٛدِ سمنٛدرٕچ کتھ، لُکن ہِنٛدِ لَچ بسیٖچ، تِہنٛدٕ بن رِشتن تہٕ وِوہارن، رسمن تہٕ رِواجن، وِدتلیٖمٕژن نُجن تہٕ اثراتن، ادبی فنی تہٕ ذِہنی کمالن، خابن تہٕ ارمانن، وولُہری شن تہٕ وَکائن، طوٗفانن، سیٖلابن تہٕ آوٕلنٛن ہِنٛز کہأنی۔ تہٕ یی چھےٚ پزر تہِ۔ تہٕ یِمِوے اَنہارٕ وٕکنٛی چھےٚ یِہ اکھ مستند تہٕ معتبر ہِسٹری مانہٕ یِوان۔ روملا تھاپر سُنٛد وَنُن چھےٚ:

"Mr. Bamzai's history of Kashmir is perhaps the first book of it's kind. It is a running story of the political, social & cultural development of the Land. The book is a must for one who wants to know something about Kashmir and its problems."

سردار کے۔ایم پانیکر چھِ ونان:

"This is the first serious attempt to present the story of Kashmir as a whole."

ڈاکٹر آر۔ایس موزم دار چھِ لیکھان:

"I believe this is the first book giving a conspectus of the history of Kashmir. This is a great thing and the book will be very valuable for ready reference."

اَتھ کتھِ کَرِ نہٕ کانٛہہ اِنکار زِ تحقیق یا ریسرچ چھُنہٕ زانٛہہ سوران۔ وَق گُذرنس سٟتی سٟتی چھےٚ نوِ کتھِ ننہِ نیران۔ نۆوۍ کوٗنٛج اَتھِ یِوان تہٕ نۆوۍ سبٕتھری وَنہِ نیران۔ ییٚمہِ کِنۍ نوِ ہسٹری لیکھنٕچ عمل برابر جأری روزان چھےٚ۔ پٔتیمین ترٛبن دٔہلین منٛز یوسہٕ تحقیقی کأم سپٕز خاصکر آرکیولاجی تہٕ آب و ہواہَس مُتلِق سپٕز بڈِ کڈٕنکو مأہرو دٔسۍ۔ تَمہِ تلہٕ چھُ صاف ننان زِ وُنہِ چھُ کٔشیرِ ہنٛدِس پٔتھ کالس مُتلِق واریاہ کینٛہہ پرکھُن، زانُن تہٕ لیکھُن باقی۔ کٔشیرِ منٛز چھِ اِنسانہٕ ہٕندۍ پٔدۍ زِ ڈاے لچھ وٕری برٛونٛہہ پیٚمتۍ۔ سوال چھُ ووتھان، یِم اِنسان کموکمو طرفو تہٕ جایو پیٚتھٕ آیہِ یور؟ تِم کمن نسلن تہٕ ذأژن ہٕندۍ أسۍ؟ تِہنٛز زبان کوسہٕ أس؟ تِہنٛد لَسُن بَسُن کیٚتھ اوس؟ پرٛانہِ کنہِ کالہِ پیٚتھٕ نۆس گنہِ کالس تام کیاہ تبدیلیہِ آیہِ یِہنٛزِ ووتھِ بیٚتھِ تہٕ لسنس بسنس منٛز؟ گوپھ کرٛال، برٛزٕہامہِ، سِمتھن، دردہ کوٹ بیٚترِ جایَن یِم پرٛأنۍ نِشانہٕ کھُدایہِ پَتہٕ دژأمتۍ چھِ یِم چھِ وُنہِ واریاہ بحث مَنٛگان۔ برٛزٕہامکۍ نِشانہٕ چھِ وادی سندھ کِس تہذیبس لرِ لوٚر وکھرٕ تہذیبک نیب دِوان۔ تہٕ اَمہِ پَتہٕ کیاہ سَپد تہٕ کتھٕ پأٹھۍ آیہِ مختلف دور بارٕس، یہٕ چھُ سوچنس لایق۔ کلہن نہٕ پیٚتھٕ ازتام ییمہٕ توأریخہٕ لیکھنہٕ آیہِ، تِمن چھےٚ الکہِ پلہٕ مہابھارتہٕ پیٚتھٕ کہِ زمانٕچ ورستھاہ دٔرج۔ مہابھارت کہِ زمانہٕ پیٚتھٕ عیسوی سَنہٕ شوٗروٗ سَپدنَس تام یا اَمہِ پَتہٕ تہٕ کیٚنژن صٔدیَن ہنٛز ہسٹری یوسہٕ اَسہِ بٔدس چھےٚ سو چھےٚ سبٹھےٚ سرسری، سطحی تہٕ موخصر۔ واریاہو بٔتھو تہٕ کھُربو برٛتھ۔ وُنہِ چھُ شبقہٕ تصویر ووتلاونہٕ خأطرٕ واریاہ جُستہٕ خأژ کرٕن۔ بامزٕیٔ صأنٛز ہسٹری یُت یُت یِمو دورَو منٛزٕ نیرِتھ برٛونٛہہ برٛونٛہہ پکان چھےٚ، تیٚوٗت تیٚوٗت چھےٚ یہٕ زیادٕ

واشہِ رأوِتھ کتھ وَنان تہٕ زُو دار تہٕ مُعتبر بنان۔ شاید چھُ یوٗ ہے احساس ییمو بامزٔی صأب "کشیرِ تہٕ منز ایشیا" کِس موضوعس پیٹھ اکھ وَکھر کتاب لیکھنس پیٹھ آمادٕ گرٕ۔ یہِ چھُ کشیرِ ہنزِ ہسٹری ہُند سُہ اہم اَنہار تہٕ موضوع، یتھ پیٹھ وُنہِ وارِیاہ تحقیق تہٕ تلاشک ضرورتھ چھُ۔ کشیرِ تہٕ منز ایشیاہکۍ رِشتہٕ چھِ بُدھ مت تہٕ اسلام کہِ پھالاوٕ ستۍ زیادٕ سَنبر تہٕ ووگنیار ضرور لبان، مگر ییم چھِ اَمہِ تہٕ وارِیاہ پرٔانۍ۔ کشیرِ منز ییمن اِنسأنی نسلن ہنزِ حرکت ووتلے یہِ تہٕ پھاپھلے تہٕ اَتھ منز چھُ اتھ علاقس وارِیاہ دَخل۔ اصل تارِ کانجہِ پزٕ ناونچ چھےٚ وُنہِ کأفی گُنجأیش موجود۔

ہسٹری ہُند تولُق چھُ کُلہم پأٹھۍ اِنسأنی زِندگی ستۍ وَکھرِ وَکھرِ گوشن تہٕ موضوعن ستۍ۔ لہذا چھُ اَمیُک باڈو وارِیاہ وسیع تہٕ باگہِ بوٚ رُت۔ یہِ چھنہٕ ممکن زِ اَکِس مورخہِ ہنز نظر پلہِ سارِنے طرفن گژھِن۔ تس آسہِ پزٕتھ موضوعس ستۍ دِلچسپی تہٕ تتھ پیٹھ عبور۔ یوٗ ہے وَجہ چھُ کتۍ بٔھٹھ تہٕ دوٚش چھِ حبسہِ روٗزِتھ تہٕ نال وَلان۔ اَمی وَجہ کِنۍ چھِ موجودٕ زمانس منز سبٹھیے باتفصیل تہٕ معتبر توأریخہِ لیکھنہٕ خأطرٕ پروجیکٹ شورو کرنہٕ یوان۔ ییمن ستۍ رَنگہِ رَنگہِ دِلچسپی یَن ہندۍ ماہرِ وابستہٕ سَپدان چھِ۔ باسان چھُ ووٚنۍ چھےٚ کشیرِ ہنزِ توأریخ یوسہِ کیٚژون جِلدن پیٹھ مُشتمل آسہِ نوِ سرٕ لیکھنچ سبٹھاہ ضرورت۔ بامزٔی صأبُس ہی مورِخ ہکبن یتھِس پروجیکٹس منز پننہِ تجربہٕ کِنۍ گاشہِ اَنبر ثأبت سَپدتھ۔

پتہٕ میٚن دوہن ڈیٚلین منز ییمہِ اہم کامہِ بامزٔی صأبن سنٛزن مطالن ہنزِ شکلہِ بامل اَنہِ تمن منز چھےٚ ۱۸۴۸ہٕ پیٹھِ ۱۹۲۵ہٕ یَس تام یہنزٕ کشیرِ ہنزِ توأریخ

اَکھ خاص پاے تھاوان۔ اَمہِ خاطرِ رؤ دیمن تژبن وٚری یَن انڈین کونسل آف ہسٹاریکل ریسرچ طرفہٕ سنیٔر فیلو شِپ تہٕ حاصِل۔ یہٕ کِتاب چھےٚ مہاراج گُلاب سنگھ نہٕ زمانہٕ پیٹھہٕ مہاراج ہری سنگھ نِس تخت نِشین سپدنَس تام کٔشیرِ ہٕنٛدی سماجی تہٕ اقتصادی حالاتھ واشہٕ راوِتھ تہٕ سٔرِتھ بژوٚنھ کُن انان۔ یہٕ چھُ یِہنٛد اَکھ مولُل کارنامہٕ۔ یِہنٛز بییہٕ کینٛہہ کِتابہٕ چھہٕ:

(۱) کشمیر اینڈ پاور پالِٹکس

**Kashmir and Power Politics**

(۲) فرام لیک سیکسس ٹو تاشقند

**From Lake success to Tashkant**

یمہٕ دوشوٚے چھےٚ سیٚد سیوٚد پولٹیکل ہسٹری سٟتۍ تولُق تھاوان۔ یمو کِتابو پرٛاوٕ سو مقبولیت یُس یمہٕ پرٛاونہٕ گوژھہٕ۔ کہیں شک چھنہٕ زِ یِنہٕ والین وٚری یَن منٛز ییہِ یمن زیادٕ زیادٕ پھیٛر دِنہٕ۔ بامزئی صابن گرٛیٹس والِد پنڈت آنند کول بامزئی ہٕنٛز جموں وکشمیر جغرافی تہٕ حالیہٕ نٔوِس رِ چھاپ تہٕ اتھ کٔرِکھ کینٛہہ جان اضافہٕ۔

اَزکل چھہٕ یم کٔشیرِ منٛز افغان راجِچ سماجی تہٕ اقتصادی تواریخ اکہِ سٕنہٕ مُطالہٕ رٔنگۍ پیش کرنٕچ کامہِ سٟتۍ آوُرۍ۔

بامزئی چھہٕ وٚنکیس ۷۸ وہری۔ دے دی نکھ رُمہٕ ریٚتھن آے۔ اَمہِ منٛزس یتھین منوشن ہُنٛد آسُن چھُ غنیمت آسِتھے۔

☆☆☆



# کأشُر ناوَل

کأشُر اَدب چھُ اَکھ سُہ اَدب یتھ منٛز اَفسانہٕ (شارٹ سٹوری) گوڈٕ بارسس آو تہٕ اَمہِ پتہٕ لوٚب ناولہِ ہَر تہٕ ٹٕر۔ نتہٕ چھےٚ مختلف اَدبَن منٛز یہٕ صوٗرتھ روٗزمٕژ زِ گوڈٕ لوٚب ناولہِ ہِنٛدی فنَن یاوُن تہٕ اَمہِ پتہٕ پژوو اَفسانَن یا شارٹ سٹوری قَد تہٕ مَد۔ یہِ چھُ بے شک کأشرِ اَدبُک اَکھ دِلچسپ انہار۔ سوچُن چھُ یہِ زِ ناولہِ ہُنٛد فن کیازِ ووتلیوو واریاہ ژیری کأشرِس اَدبَس منٛز۔ تہٕ یہِ کیازِ پھبوٚ نہٕ وُنیکھ تامتھ؟ اَگر یہِ کیازِ روٗد کژوٗٹے تہٕ ناپوٚختےَ؟ یِمَن سوالَن جوٗاب ژھارنہٕ ستی نیرن تم تٕر تہٕ روح روکانہٕ نٔژ یم کأشرِ ناولہِ ہِنٛدِس اِرتقاہَس ستی توٗلُق چھِ تھوان۔

سارِوے کھوتہٕ بڈٕ تہٕ اَہم وَجہہ چھُ یہِ زِ کأشرِ نٔثرچ حقیقی وأنس چھےٚ سبٔتھاہ موٗخصر۔ نثر آو کأشرِس اَدبَس منٛز مُلہِ تلہِ ۱۹۴۷ء پتےَ۔ اکہِ خاص تسلسُلہٕ تہٕ سنٛجیدگی سان لیکھنہٕ۔ واتہٕ ناوِکر ڈٔری یہِ چھِ ریڈیو کشمیرکی براڈ کاسٹ

تہٕ کیٚنٛہہ میگزین روزان ییٚمَن مَنٛز گوڈٕ کاَلس اَنٛدر کوٗنگ پوش تہٕ گُلریز پھرنَس لایق چھِہ۔ ییٚمَن میگزینَن ہنٛدی صَفہٕ اُسی گنٛزرِتھ تہٕ سرکُولیشن موٚحدوٗد۔ ہمیشہٕ روٗدُک اَژٕ زُو تہٕ نیر زُو ییٚمہِ کِنٛز نہٕ نُوی مأدان سَر کرنٕچ زیادٕ گُنجأیش روٗز۔ ظأہر چھُ ناولہِ ہنٛز طوالت ہیکے نہٕ نہَ ریڈیو ہے بَرداشت کٔرِتھ نہٕ یِم میگزینٕنے یِم ہمیشہ پٔنٛنی کھور ٹھیکہٕ راونٕچہِ کوٗششہِ مَنٛز روٗدی۔ اَمہِ پَتہٕ تہٕ دژایہِ کیٚنٛہہ میگزین ییٚمَن مَنٛز نیب کأشُر اَدب، شیٖرازٕ بیٚترِ قأبلِ ذِکر چھِہ مگر یِم تہٕ ہیکی نہٕ ناولہِ باپَت پٔنٛنی ورق آیِتَن تھأوِتھ۔ صَفہٕ کم آسنہٕ سببہٕ سَپدی یِم ساٗری ڈٔری یہِ ناولہِ مُقابلہٕ موٗخصر افسانہٕ (شارٹ سٹوری) باپَتھ زیادٕ موزوٗن ثأبت۔ یِمو اُدیبو گوڈٕ کاَلس مَنٛز نثر لیٚوٗکھ۔ ہَنہِ ہَنہِ ییٚلہِ تِہنٛد حوصلہٕ بڑو تہٕ تِہنٛدِس قلمَس آو آے۔ اَدِ ییٚتہِ تِمو دوٗیمِن صِنفَن ہنٛدی سَرحَد ژھنٛڈنی ییٚمَن مَنٛز ناوَل تہٕ اَکھ چھےٚ۔ گوڈٕ کاَلس مَنٛز یِم اُدیب کأشُر نثر لیکھنہٕ لٔگی تِمَن مَنٛز اُسی بیشتر تِم یِم اَمہِ برٛونٛہہ یا تہٕ اُردوٗ لیکھان اُسی نَتہٕ ہندی۔ ماجہِ زیوِ اِظہارُک ڈٔری یہِ بناونہٕ سٟتی کوٚڈ تِہنٛدی قلمَن واش تہٕ کامیأبی ہُنٛد سَپدُک زیادٕ یقین۔ اختر محی الدینٕنی 'ست سنگر' چھےٚ کأشرِ افسانٕچ گوڈنٕچ سوٚمبرن یۄسہٕ کأنٛسہِ افسانہٕ نِگارَن انفرأدی طور چھأپ کٔر۔ چھاپ سَپدنک سَنہٕ چھُ ۱۹۵۵ء اَمہِ برٛونٛہہ یہِ کیٚنٛژھا کأشرِ افسانہٕ رٔنٛگی تہٕ ووجوٗدس مَنٛز آو تِتہٕ روٗد یا تہٕ ریڈیو کشمیرٕ ڈٔسی لُکن تام واتان نَتہٕ کوٗنگ پوش تہٕ گُلریز رِسالَن ہنٛدِ ڈٔری یے۔ ۱۹۵۷ء - ۱۹۵۸ء ہَس مَنٛز آیہِ گوڈنٕچ کأشُر ناولیٹ "دود تہٕ دَگ" بازرَس مَنٛز۔ تہٕ یہِ تہٕ چھےٚ اختر صأبنی تخلیٖق۔ دود دَگ ناولہِ برٛونٛہہ چھنہٕ ییٚہِ کانٛہہ مکمل ناوَل کأشرِ زبأنی مَنٛز سرِ بازر آمٕژ۔ تہٕ یِتھ

پأٹھی چھِ اختر محی الدینن کأشرِ ناولِ ہِندی مؤلادار یا بأنی کار بَنان۔

یہٕ دوَے کأشرِ زبأنی مَنز آسہِ ہے نثر لیکھنٕچ کأم أکی ہے مُسلسل عملِ مَنز تہٕ سنجیدگی سان کُنو ہُمہِ صَدی پتھے شوٗرؤ سَپد مژ۔ باسان چھُ اَتھ زمانَس ما پیٚیہ موخصر اَفسانَس (شارٹ سٹوری) مُقابلہٕ ناولے بارسس۔ تکیاز وارِیاہن ہُندوستأنی زبانن مَنز چھے ناول أتھی زمانَس مَنز تھَنہٕ پیوان تہٕ یہِ چھُ سہ زمانہٕ یتھ مَنز شارٹ سٹوری مُقابل ناول نوٖیسی ہِندی ہے فَنس چلے جاو اوس۔ ہندوستانَس مَنز ووتلیو یہِ فن انگریزی تأثیرِ تہٕ یوٗرپی اثرِ ستی۔

کأشرِ زبأنی ہِنز بڈٕ وبڑھے چھے کأشُر اخبار نہٕ آسُن۔ سبٹھاہ تأجب چھُ زِ صحافت یا اخبار نوٖیسی چھنہٕ وُنہِ تہِ یتھ زبأنی مَنز ووتلتھ ہیچ مژ۔ یوسہِ زَن کُنہِ تہٕ ترقی یافتہٕ زبأنی ہُند نَم تہٕ ماز آسان چھے۔ یہٕ دوَے أمی چیزن کأشرِ زبأنی مَنز کھور ٹھیکہٕ رأو یتی آسہَن سبٹھاہ مُمکِن چھُ قِسط وار ناولِ ہُند سِلسِلہٕ ما آسہِ ہے شوٗرؤ گومُت تہٕ مقبوٗل سَپدمُت تہٕ کأشُر ناول ما آسہِ ہے بڑوٚنہہ وڑامژ۔ مختلف اَدبَن ہِنزِ ہسٹری پرِتھ چھُ نَنان زِ اخبارَو تہٕ رِسالو چھُ ناولہِ ہُند فن مقبوٗل بناوَنس مَنز وارِیاہ مدد کوٚرمُت۔ تہٕ پھیرِتھ چھُ ناولِ تہٕ یمَن اخبارَن تہٕ رِسالَن ہِنز سرکولیشن تہٕ شوہرتھ بڈاوَنس مَنز پنُن حِصہٕ ادا کوٚرمُت۔ یتھین چھُ یہِ وَنُن ضوٗرؤری باسان زِ اَمہِ قسمٕچہٕ کوٚششہِ سَپدییہ کأشرِس مَنز تہٕ مگر یمہٕ کھڑ نہٕ سپکس کینٛہہ تہٕ۔ ۱۹۲۳ء - ۱۹۲۴ء عیسوی سنَس مَنز کرییہ پروفیسر سری کنٹھ توشخأنی لوہورِکس اُردوٗ رِسالہٕ "بہارِ کشمیرس" مَنز اَکھ قِسط وار کأشُر ناول "ژکرِ پھیر" یا "دلیلا" لیکھنٕ شوٗرؤ۔ مگر مَسا مَسا آسہَن زٕ ژورَے قِسط

چھپیمتی۔ ''بہارِ کشمیر'' گو بَند تہٕ اَتھ ناولِ تہِ لوٚگ ہٹہٕ گونڈُم۔ تتھے پأٹھی ییلہِ ۱۹۴۷ءِ پتہٕ کأشُر نثر پھولنہِ تہِ پھبنہٕ لوٚگ۔ ''کونگ پوشن'' مَنٛز لجے یہِ اَکھ ناول ''ذاتِ بُتراتھ'' قسط وار چھپنہٕ۔ مگر دوٚیوٗ قسطو پتہٕ گو یہِ سِلسِلہٕ بَنٛد۔ وَننہٕ چھُ یوان حبیب کامرانس (ناول نِگارس) آیہِ مِزاجَس کٔنی کِتھا ہتام تبدیلی زِ تَس گیہِ لیکھنچ پیٚٹھ کھٔر تہٕ نکھتھ تُمی تزوونہٕ لیکھُن گرِنَے ٹکی کہِ یہِ ناول تہِ گرِن ضایہِ یوسہٕ تُمی لیچھمِژ اَس۔ کیٛاہ وَنوٚ تُمی اَسیا یہِ مُکمل تہِ گرمِژ کٔرنہٕ نہٕ؟ سکہٕ پأٹھی کانہہ فأصلہٕ دیُن چھُ مُشکل۔[1] بہر صوٗرت ۱۹۵۷ءِ - ۱۹۵۸ءِ ہَس مَنٛز سپد یہِ ''دود دَگ'' چھاپ۔ کأشِرِ ناولہِ ہنٛز اَصل وأنس چھے اتی پیٹھہ شوٚروٗ سپدان۔ بے شک چھُ یہِ اَکھ موخصر وَق۔ اَماپوٚز یوسہٕ ناول نوٚیسی ہنٛز رفتار یَمن وٚرِیَن اَنٛدر وُچھنَس مَنٛز آیہِ سو تہِ چھنہٕ کُنہِ کٔنی جان۔ یہِ چھےٚ سبٹھاہ سوٚت تہٕ موٚیوٗس کُن۔

ناول نوٚیسی ہُنٛد فن چھُ اَکھ مُشکل ترین فن۔ ناولہِ ہُنٛد کنواس چھُ سبٹھاہ وُسی۔ تہٕ اَتھ مَنٛز چھِ پرٛتھ طرٛیقُکی جذبات دأخلی تہٕ خأرجی۔ پرٛتھ طرٛیقہٕ چہٕ کیفیژ شوٚعوٗری تہٕ لاشوٚعوٗری تہٕ زِندگی ہنٛدی رنٛگہٕ رَنٛگہٕ نقش تہٕ پیچ و خم ہیٚنِژ جاے ژھاران۔ زِندگی چھےٚ پَنُن اَنتہٕ روٗس تہٕ وانتہٕ روٗس سنبر تہٕ دوگنیار۔ باڈو تہٕ وُسجار تہٕ اوبر تہٕ گوبر ہتھ اَمہِ چہٕ ییٚنہٕ مَنٛز پَنُن باس دِوان۔ تہٕ یہِ بار وبتراوُن چھنہٕ پرٛتھ اَکس لِکھأری سُنٛد جگرٕ تہٕ توانگرٕ۔ اَکھ لِکھأری گژھہِ بیک وَرخ اکھ قلمکار یا اِنشاء پرواز، اکھ شأیِر تہٕ اکھ مُصور آسُن تَس گژھہِ

[1] اَمہِ ناولِ ہُنٛد گوڈنیک قسط چھُ چھپے ۱۹۵۵ءِ کٔس کونگ پوشس مَنٛز چھاپ سَپدیوٗمُت۔

زِندگی ہُند وُسی تجربہٕ آسُن۔ یتھ ستیِ بے حد تاب تہٕ صبر آسُن۔ ناولہِ ہٕنز وُسعت جُزیات نِگاری تہٕ جایٖز طوالتھ چھےٚ اَتھ باپتھ فَنو نِشہٕ واریاہ مُشکِل بناوان۔ ناولہِ ہُند خوش یوٗن آرٹ وۄنُن، اکھ شۆبہِ دار تہٕ زُوردار آہنگ تیار کرُن تہٕ پَتُن موادفن چہِ سوٗزلہِ منز زِندٕ جاوید کردار و ذٔری یہِ پیش کرُن......

یہِ چھےٚ سبٹھاہ مُشکِل تہٕ صبر آزما کام۔ ناول نِگاری ہٕنزن بأریکِیَن چھُ اکھ لِکھأری مُسلسل کوٗشِشہٕ تہٕ پیہم عملہِ منز۔ پتھے وارِ وارِ تہٕ ہَنہِ ہَنہِ موٗحسوٗس کران تہٕ وَرتاوان۔ تہٕ اکھ تلخ حقیقتھ چھےٚ یہِ تہٕ زِ یِمَو کأشرو أدیبو اَتھ فنس کُن وُنیکھ تام لوے کھوے ہوو تِم تہٕ روٗدک نہٕ مستقل طور ڈاڈ کرِتھ۔

کأشرِ زبأنِ ہُند اکھ أہم مَسلہٕ چھُ یہِ زِ یَتھ زبأنِ چھُنہٕ ریڈنگ پبلک أمی مَسلَن اوٗن ناولہِ ہٕندِس فَنَس بڑوٗنہہ پکنس منز زیادَے کوٗس۔ یتھ زبأنِ نہٕ پَرن وألی آسن سوٗہے پھَبہِ نہٕ پھولہِ رِتھٕ پأٹھی۔ یوٗہے وجہ چھُ یِمہِ ناولہٕ کأشرِس منز ازتام چھاپ سَپدییہِ تِمہِ آسَن نہٕ فی ساس آبأدی منز دویو زنٕو تہٕ پَرمٕو۔ اَفسانہٕ، ڈرامابیٚترِ چھِ ریڈیو سٹیج تہٕ ٹیلی ویژن ذٔری تہٕ لُکن تام واتان۔ یِمَن چھُ ناولہِ مُقابلہٕ کتہِ کور مارکیٹ۔ دُنیاہچِن مختلف زبانَن مثلن انگریزی، فرأنسی، روٗسی بیٚترِ زبانَن منز یا مُلکہٕ چن مختلف زبانٕن منز یِیلہِ ناول نِگاری ہٕندِس فنَس ووتھ بوٗ لوٗگ، پَرن والین ہُند اکھ جان تہٕ مولہٕ وُن طبقہٕ اوس تیار بہٕ تیار۔ ناول نویسی بنوو پَننہٕ خِمہٕ خمہٕ تہٕ گشٕشہٕ ستیِ بییہِ ہَن وُسی۔ لُکن سَپُد تفریح، دِل بہلأیی تہٕ ذہنی اوسوٗدگی باپَت اکھ نوٚو تہٕ بہترین وُسیلہٕ ذٔسیاب۔ اکھ انگریزی لِکھأرۍ چھُ لیکھان:

"For many, it is the only outlet to a large experience. For others, it is an indirect satisfaction of same need for philosophical or moral guidance, not set out in rules, but worked out, experimentally, in conduct..... It is the form in literature which has explored most fully the life of the ordinary man and found it worthy of portrayal."

اَکھ خیال چھُ یِتہٕ زِ ناول نوٗیسی چھےٚ تیٚلی پھاپھلان یێلہِ کانٛہہ خاص سماجی یا سیاسی تحریک گُنہِ سماجس منٛز کاڈ کڈِتھ آسہِ۔ بیشک چھےٚ اَمہِ قسمٕچہ تحریکہٕ اَدیب پٔنٛدِ خاطرٕ مولہٕ وُن مواد فراہم کران تہٕ وُزنہِ ہُنٛد اَکھ اہم ذٔریعہ بَنان۔ مگر کٲشرِ اَدیبَن کَرِ یِتھہٕ تحریکہٕ تہٕ اَتھہٕ۔ ۱۹۴۷ برٛونٛہہ یوسہٕ آزادی ہٕنٛز تحریک کاڈ کڈِتھ اُس۔ کٲشرِ شاعِرن لوٗب اَمہِ نِشہِ ضروٗر مواد۔ پتہٕ مێن ؤریَن منٛز آیہٕ سانہِ زِنٛدگی منٛز سیاسی، سماجی تہٕ ثقافتی طور کیٛنٛہہ تٔتھی دور یَمَن پٔنٛز کیٛنٛہہ انہار چھِ یَمَن منٛز لِکھاربن ہٕنٛدِ باپت کوٗت مواد پوشیدٕ چھُ مگر کٲشر اَدیب روٗد زولہٕ تہٕ زِپے گران۔ موجوٗدٕ دورٕچ شاہکار روٗسی ناول ''کینسر وارڈ'' چھِنہِ گُنہِ تحریکہِ ہٕنٛز پٲداوار بٕلکہٕ یہٕ چھےٚ اَکِس نِظامَس خلاف بذاتِ خود اکہِ تحریکہِ ہُنٛد آغاز۔

گُنہِ تہٕ زبٲنۍ پوچھر دِنہِ باپتھ تہٕ کانٛہہ فن مقبوٗل بناونہِ خاطرٕ چھےٚ ترجمن ہٕنٛز اہمیت نٕر تہٕ ٹاکارٕ۔ ترجمہٕ چھِ بذاتِ خود لکھاربن ہٕنٛدِ باپتھ سبٹھاہ فأیدٕ مَنٛد ثابت سپدان۔ لِکھاربن چھُ یِتھہِ کامہِ اند واتہٕ ناونہٕ ستی فنی زاوِی جار سمجنٛگ تہٕ تَم سٔنزِتھ موٚحسوٗس کرنُک موقعہٕ میلان۔ یَمَن چھُ وَکھرٕ وَکھرٕ ٹیکنیکَن ہُنٛد باس ہَنا زیادٕ جان پٲٹھی لگان۔ اَوٕ کنہِ چھےٚ کٲشرِس منٛز شاہکار ناولہٕ

پھِرنچ سبٹھاہ زیادٕ گُنجایش تہٕ تہٕ اَمیُک چھُ ضرورتھ تہٕ۔ وُنیُکھ تام چھےٚ فقط کینٛہہ ناولہٕ کاشرِس منٛز پھِرنہٕ آمٕژ۔ یہٕ چھُنہٕ ہرگز کانٛہہ جان رَفتار۔ اَماپوٚز خوٗشی ہنٛز کتھ چھےٚ یہٕ زِ یمَن ترجمن منٛز چھِ کینٛژن شاہکار ناولن ہنٛدی ترجمہٕ تہٕ شامِل۔ ناولہٕ مُتلِق چھُ عام خیال یہٕ زِ یوٚ دوے بالزاک دُنیاہُک عظیم ناولسٹ چھُ مگر دُنیاہچ عظیم ناول چھےٚ ٹالسٹاے سٕنٛز ناول ''وار اینڈ پیس'' (جنٛگ تہٕ اَمن)۔ خوش قسمتی چھےٚ یہٕ زِ یمَن ترجمن منٛز چھُ اَمیُک ترجمہٕ تہٕ شامِل۔ یہٕ ترجمہٕ چھُ مظفر عازمن بڑٕ میحنژ تہٕ عرق ریزی سٟتی کوٚرمُت۔ اختر محی الدیٖن وَنٛن چھُ زِ تٔمی اُس یہٕ روٗسی ناول انگریزی یَس منٛز دوٚیہِ ترٛیہِ لٹہِ پٔرمٕژ۔ اَماپوٚز عازم صابُن کاشُر ترجمہٕ پٔرتھ ہیٚچ تٔمی یہٕ عظیم ناول زیادٕ بہتر پٲٹھی سمجِتھ۔ بیاکھ اکھ لوٗبہٕ وِنی تہٕ مولہٕ وِنی روٗسی ناول پھِر علی محمد لونَن کاشرِس منٛز۔ یہٕ گیہِ گورکی سٕنٛز ناول ''مدر'' (مأج) [1] لون صابُن یہٕ ترجمہٕ تہٕ چھُ بڑٕ رُت تہٕ زُودار۔

فارسی زبانٕۍ ہنٛز اکھ مشہوٗر تخلیق ''حاجی بابا'' (حاجۍ بابہٕ) پھِر ڈاکٹر شمس الدین احمدن کاشرِس منٛز۔ ایرانٕ زِندگی پٮ۪ٹھ یہٕ دِلکش تخلیق چھےٚ مُلہٕ تلہٕ انگریزی زبانٕۍ منٛز جے۔ جے۔ موریرن ''اڈونچر آف حاجی بابا'' ناوِ لیچھمٕژ۔ یوسہٕ ۱۸۲۴ ء یَس منٛز چھاپ سپٕز۔ موریر چھُ ایرانٕۍ شہنشاہ علی شاہ قاچار سٕنٛدِس وَقتس منٛز انگریزی سفارت خانَس سٟتی طہرانَس منٛز وابستہٕ رُودمُت۔ ایرانٕۍ زبانٕۍ منٛز چھُ اَمیُک ترجمہٕ حاجی شیخ احمد کرمانی یَن کوٚرمُت۔ یہٕ ترجمہٕ چھُ تیُوت مولہٕ وُن زِ یہٕ چھُ اصل اورِ ژلِ تخلیق باسان۔ ڈاکٹر شمس الدین احمدن چھےٚ داستان

[1] لون صابَس میٛول اَتھ کامہٕ پٮ۪ٹھ روٗسی سرکارٕ طرفہٕ نہرو ایوارڈ تہٕ۔

نُما ناول فارسی پیٹھے کاشرِس منز پھِر مژ۔ ترجمہٕ چھُ بڈٕ میوٗٹھ تہٕ خوش کرُون۔ بیٚیا کھ اَکھ ترجمہٕ چھُ پرتھوی ناتھ پُشپ سُند۔ تِمۍ چھےٚ رابندر ناتھ ٹیگور سنٕز بنگٲلی ناول ''چوکھیر بالی'' کاشرِس منز پھِر مژ۔ یہٕ ترجمہٕ سپُد ساہتیہ اکادمی طرفہٕ ۱۹۶۲ٕ منز ''اَچھ کِرٕ'' ناوِ چھاپ۔ پُشپ صابُن ترجمہٕ چھُ گوڈنیُک ترجمہٕ یُس کُنہِ ناولہِ کاشرِس منز سپُد مُت چھُ۔

بہرحال یہِ ہَن چھُ پزر زِ ناولہِ رٔنگی یہٕ کینٛژھا اَزتام کاشرِ زبٲنۍ منز لیکھنہٕ آو یا دۄیمو زبانو پیٹھ پھِرنہٕ آو اَمہِ سِتۍ سپز زمین واریاہ سوٚتُر تہٕ ہموار یتھ پیٹھ ناولہِ ہُند لۆبہٕ وُن فَن ووتلتھ تہٕ ووپدتھ ہیکہٕ۔ اَسہِ پزِ نہٕ یہٕ گتھ زٕہِہ مُشراوٕنۍ زِ کُنہِ تہٕ اَدبَس منز ییلہِ ناول نِگٲری بارسس آیہِ یکدم پیٚیہِ نہٕ شاہکار ناولہٕ تھنہٕ۔ اَتھ لوٗگ کینٛہہ وَق۔ تہٕ یِمو لِکھاریو گوڈٕ گوڈٕ اَتھ کُن کل یوٚو کُر تِمَن روٗز ہر ہمیشہٕ پننۍ اَکھ اہمیت حاصل۔ اختر محی الدین، امین کامل، علی محمد لۆن، غلام نبی گوہر تہٕ بنسی نردوش چھِ کاشرِس اَدبَس منز اَمی اہمیژ ہندی حقدار۔ اختر صابنہٕ ''دود دَگ'' پَتہٕ لیچھی کامل صابن ''گٹہِ منز گاش'' تہٕ اَمہِ پَتہٕ لون صابَن ''اَسۍ تہٕ چھِ اِنسان''۔ غلام نبی گوہرَن تزاوِ زٕ تخلیقہٕ ''مُجرِم'' تہٕ ''میٖل'' مارکس منز تہٕ نردوش صابن ''اَکھ دور''۔ موضوٗع تلہٕ تزاوِ۔ انداز بیانہٕ تہٕ قِصہٕ وونہٕ کہٕ ایتبارٕ چھےٚ یِمَن پانژوٕنی تخلیقن پنُن اَکھ وَکھرٕ مزاز تہٕ جُدا گانہٕ رَنگ تہٕ سِٹایِل۔ کاشرِس نثرِس برٛزر دِنَس تہٕ کینٛہہ نۆی اوٚسلوٗب بدٕ کڈنَس منز چھےٚ بے شک یِمہٕ اَکھ اہم قدم۔

ناولہِ تہٕ ناولٹس منٛز چھےٚ وارِیاہ فرق موجوٗد۔ مگر تہٕ اَستھ تہٕ چھےٚ یِمہٕ کُنی فارم مانٛنہٕ یِوان۔ تہٕ دوشوٕنی ہنٛز ذِکر چھےٚ ناولہِ ہنٛدِس ناوَس تل یِوان کرنہٕ۔ بنیاَدی فرق چھےٚ یہٕ زِ ناولیٹ چھےٚ موٗختصر آسان۔ طوالت تہٕ تفصیلات چھِ کم آسان تہٕ جُزیات نِگاری چھِ موٗحدوٗد طریقس منٛز سپدان۔ ناولہِ منٛز چھےٚ سبٹھےٕ وُسعت آسان۔ بجہِ تہٕ اَہم سِیاسی، سماجی، داخلی تہٕ خارجی تحریکہٕ چھےٚ کام کران تہٕ زِندگی ہنٛدبن سنبرن تہٕ ووگہٕ نیارن ہُنٛد باس دِوان۔ مختلف واقاتن ہنٛز بالتفصیل وبژھنےٚ چھےٚ پرٛتھ جایہِ میلان۔ ناولہِ ہنٛدی پاٹھی ہیکہِ ناولیٹ تہِ پوٗرٕ سماجک مُطالِہ بٕنتھ۔ کردار نِگاری تہِ چھےٚ ناولیٹس منٛز ناولہِ ہنٛدی پاٹھی سپدان مگر اَہم کتھ چھےٚ یہِ زِ کردارن ہنٛز ژار چھےٚ ناولیٹس منٛز ناولہِ کھوتہٕ ہنا زیادٕے بوز شوز منٛگان تِکیاز ناولیٹس منٛز گژھن کمہٕ کھوتہٕ کم کردار زِندگی ہنٛزن وُسعتن پانس منٛز شژوپراوِتھ تہٕ سوٗنراوِتھ ہیکنہٕ۔ سائینس تہٕ ٹکنالوجی یوٗت یوٗت ترقی پراو وتیوٗت تیوٗت آیہِ ناولیٹ بارسس۔ ناولیٹ چھےٚ مشینی زِندگی ہُنٛدے پاداوار۔ یہِ چھےٚ دراصل ناولہِ ہُنٛدُے جدید روٗپ۔ وجہ چھُ یہِ زِ مشینہٕ ستۍ آیہِ زِندگی ہنٛدِس پرٛتھ شوبس منٛز تیزی۔ قدرہ ہبزن تیزی سان بدلنہٕ۔ اختصار تہٕ طوالرٔ ہُنٛد سوال آو زِندگی ہِندِس پرٛتھ قدمس پیٹھ تہٕ یِہے چھِ تم ووجوہات ییٚمہِ کنہ ناول لیکھنک رواج سپُد کم تہٕ ناولٹن لوٚب ہُرتر۔



## دود دَگ

دود دَگ چھےٚ گوڈنیچ کأشر ناول۔ یہِ چھےٚ بیٚین کینژن ناولیٚن مقابلہ ٹیکنیکہِ موٗجوٗب زیادٕ زَبَر تہٕ شوٗبہِ دار۔ اَنداز بیانَس مَنز چھےٚ تھَپھ تہٕ کٔشِش۔ کہأنی ہُند وَق چھُ سُہ زمانہٕ یُس جرمنیٖ جنگس لَرِ لوٚر چھُ۔ کینژھا پَتھ تہٕ کینژھا بڑونہہ۔ یہِ چھےٚ زِندگی ہنٛز کینٛہہ تلخ حقیقژ اُچھن برٛونٹھ کُن انان۔ یمہٕ وٕچھتھ تَمہِ وَقتہٕ کُو اُدیبو تہٕ نقادو گوٚل موٗر، ییٚمہِ وَقتہٕ یہِ لیکھنہٕ آیہِ۔ اختر صأبنس ناولیٹس پیٹھ آیہِ لذت پَسندی مریضانہٕ ذہن تہٕ پرونوگرافی ہنٛز موہَر چسپان کرنہٕ۔ پَزر چھُ یہِ زِ جنس چھُ اَدبَس تہٕ سارِنٕے فنَن تہٕ پَرفارمِنگ آرٹَن ہُند اکھ خاص تہٕ تہٕ اہم موضوٗ روٗدمُت۔ جنسی کیفیژن ہنٛز سأرٕے وبژھنےٚ ہیکون نہٕ ناکارٕ زأنتھ رَد کرِتھ۔ اختر صأب اُسی اَمہِ لحاظہٕ ذہنی طور پٔتمن ہم کال اُدیبن برٛونہہ دژامٕتۍ تہٕ یہِ اُس موٚحدوٗد قسمچ ترقی پَسندی نِبر نیرنچ اَکھ سَنجیدٕ مگر غأر شعوٗری کوٗشِش۔ اختر صأب نِس شاہ کار افسانہٕ "ڈٔریایہِ ہنٛدِس ییٚزارس" مَنز تہٕ چھےٚ اَمِچ اکھ حسین صوٗرتھ دِژھ ییٚوان۔

دود دَگ ناولہِ ہنٛدۍ ژور بُنیأدی کِردار چھِ راجہ۔ فاطمہٕ شمہٕ صأب تہٕ عبدالغنی۔ کأنسہِ اَکِس کِردارس ہیکو نہٕ سماجک نُمایندٕ کِردار وَنِتھ۔ فاطمہٕ تہٕ راجہ چھےٚ زٕ یتیم بینہٕ۔ مامہٕ ہنٛدِس رحمہٕ کرمَس پیٹھ ڈٔرِتھ۔ مامنہِ ہنٛز ہنہٕ درنہٕ چھکھ پیٚتےٚ۔ فاطمَس چھےٚ شمہٕ صأبَس ستۍ لأنۍ ملہٕ وَن سَپدان۔ سُہ چھُ اَکھ رُت منوٗش، نمدٕ کارٕ بار گران۔ عبدالغنی چھُ تمٕۍ سُند مَنٛش۔ سُہ چھُ بے حد لذت

پَسنٛد تہٕ ہَوس پَرست۔ مُصنِف چھُ أمی ہنٛز ذان گران لیکھان:

''رَنگہٕ رَنگہٕ ذأژن مَنٛز اوس عبدالغنی بدلے ذاتھا۔ ماے تہٕ محبت زانہے نہٕ سُہ کیٛاہ گو۔ بُڈ مأیِٕس اوس مِنت تھأوِتھ بتہٕ میٛوٚنڈ چھٕسے دِوان...... پأنٛس کأنٛسہٕ بیٛنہٕ ہنہٕ زٕ آسٕس۔ تمہٕ ژھننِٕ نکھٕ وأتلِتھ۔ پتہٕ ژٕ نہٕ کانٛہہ تہٕ بہٕ تہٕ نہٕ کانٛہہ۔ نہَ اوس تِمَن نظر دِوان تہٕ نہٕ اوسکھ روٗ ھتٕس گرٕھان...... عبدالغنی یَن اوس اِتھمہٕ ژٕہمہٕ تام پوٚ رمُت تہٕ پرٛتھ مختلف باپارٕبن نشہٕ مُنٛش گری گرٕمژ۔ أمِس اٚس حِساب کِتاب تھاوٕنٕچ کأم سبٕتھاہ جان تگان۔ اَوے اوس سُہ سارِنٕے باپارٕبن ٹوٹھ۔ شمہٕ صأبنٕس کارخانٕس اٚس نہٕ تٚو تام وَتھے یِوان یوٚ تام نہٕ عبدالغنی منٛز باگ آسہٕ ہا...... سُہ اوس چوٚژٕ جَوان زنانہٕ شہلُن اوسُس سخت۔ محلس منٛز آسٕہَن تمہٕ کٕہے زنانہٕ یِمَن نہٕ أمی کُنہٕ نتہٕ کُنہٕ وِزِ أچھ ناٹھہٕ کرِتھ یا دَکہٕ ہنا دِتھ یا اَسنہٕ ہنا کرِتھ وٕژمُت آسہٕ ہا۔''ووٕنی چھا خَض مَرنُے۔'' کینٛژٕ و زنانو أسٕس اَتھ پیٹھ پأزار وأتی مٕتی۔ کینٛژٕ و اوسُس کرٕوٕژھ تہٕ کُمبر وُہوٕی وُہوٕنی کوٚڈمُت۔ مگر کینٛہہ آسہٕ تمہٕ تہٕ یِموٚ نہٕ مَرنٕس فُرصت أسٕس دِژٕمٕژ۔''

دود دَگ چھےٚ أمی ہے بدناو تہٕ بدکار عبدالغنی ہنٛزِ جنسی بوٚچھِ ہنٛز دٕلیل۔ راجہِ چھےٚ ناولہِ ہُنٛد رُوح۔ فاطہٕ تہٕ راجہٕ چھےٚ زٕ بیٛنہٕ أستھ تہٕ مِزازن اَکھ أکِس نشہِ وَکھرٕ۔ فاطہٕ چھےٚ سیٛز تہٕ سبس ہُمل تہٕ لیشر۔ ہمیشہٕ علیل تہٕ زُوٕ رٕکٕنی ڈیٛجی آسان۔ لوکچارس یِمہٕ تلخیہ تَس وُچھنہٕ پییٚمٕژ چھےٚ۔ شاید چھےٚ تموے تٕمی ہنٛزِ سُمہٕ گاجہِ مٕژ۔ اُسن چھنہٕ تٕمی ہنٛدِ دہانئے پوٚ کمُت۔ راجہِ چھےٚ کأنٛسہٕ کُٹ۔ سو چھےٚ شوخ تہٕ مُوٕنجٕ۔ خوش گرٕوٕنی یاون مٕژ۔ اَسان اَسان دوہ کڈٕنٕچ قأیِل۔ مگر

تجرُبہٕ چھُس زِندگی ہُنْد کم۔ اَوے چھُس بچارِ وُنہٕ وَسان۔ راجَس چھُ اَکِس اَڈٕ ور اِنسانَس سٟتی نیٖتھر سَپدان یُس تڑبن شُربن ہُنْد مول آسان چھُہٕ۔ عبدالغنی چھُ گرٕ کھانْدر کَران تہٕ کرٛشن زنانَن طلاق دِوان۔ مگر اَمی سُنْد لذت پَسنْد ذہن چھُنہٕ زِہنٕے تسلی لَبان۔ تَس چھُ گوڈنیُک کھانْدر اَکِس کھارِ کورِ سٟتی سَپدان تِکیازِ تَس پٮ۪ٹھ چھُ عاشق آسان سَپدٕ مُت۔ پیارٕ چھُس آسان راجَس پٮ۪ٹھ ٹوٗر پیٚومُت۔ کھانْدر کَرِتھ دوہَن تہٕ چھُس یِہے کل آسان زِ کِتھٕ پاٹھی اَنہٕ راجَس آٹھنہٕ واٹنہٕ تہٕ والبس ناوِ۔ ناولہٕ ہنٛز پیٚنٛز چھےٚ کینٛژَو واقاتو سٟتی دوبہٕ یِوان۔ یِمَن مَنٛز کیٚنٛہہ یِتھٕ پاٹھی چھِہ: "شمہٕ صائبُن کارِ بار۔ فاطِمہ علیل روزُن عبدالغنی سٕنٛز ہَوس پرستی تہٕ راجَس اَنہٕ تہٕ وَلنہٕ یُن۔ شمہٕ صائبُن کارِ بار ٹھَپ سَپدُن تہٕ عبدالغنی سُنْد فاطِس سٟتی اَوٕ موکھ کھانْدر کَرُن زِ سہٕ پیٚیہ راجَس قریب۔ دود دَگ چھےٚ پٔزی دوٚہچ تہٕ دادِچ تہٕ مجبوٗری تہٕ بیکسی ہنٛز کہانی۔ راجہٕ چھےٚ اَکِس تِژٕھِ زنانہٕ ہنٛز تصویر اَچھَن برٛونٛٹھ کُن اَنان۔ یوسہٕ نہٕ ذہنی طور اَکِس اَڈور اِنسانَس سٟتی دور چھےٚ ہبکان گرِتھ عبدالغنی یُس نِش چھُ جِنسُک مطلب صِرف لذت تہٕ مَزٕ۔ یٮ۪لہٕ راجہٕ گوبہٕ کھورِ روزان چھےٚ۔ عبدالغنی چھُ تَس اَڈٕ لیٚوک گرٕنَس پٮ۪ٹھ مجبوٗر کَران۔ راجَس چھُ سٮ۪ٹھاہ عذاب تہٕ بدحال سَپدان۔ سو چھےٚ زاَوی جہٕ گسرِ مَنٛز ہبنہٕ یِوان۔ عبدالغنی سٕنٛز اَچھ چھےٚ مُژرنہٕ یِوان تہٕ ناول چھےٚ اِنصافِ شعریت کِس اوٚصوٗلس پٮ۪ٹھ اَنْد واتان۔

دود دَگ چھےٚ ناولیٚک قالِب رٔٹِنس مَنٛز پتھ روٗزمژ۔ اَمیُک گنواس چھُ سٮ۪ٹھاہے موختصر کِردار کرِتھ کارِ چھِہ کرٕتو تو کِنو سوٚتی تہٕ سوٚری۔ فاطِہ چھےٚ تیٚژ بے زُو

زَن تہٕ سیپہٕ ٹُج چھےٚ۔ شمہٕ صاٮ۪ب یتھٕ پأٹھی ناولہٕ ہنٛدِس آرِتس منٛز گوڑٕ وٕ بران چھُ۔ سُہ چھُنہٕ یتھٕ پأٹھی انٛد واتان۔ مُصنِف زَن چھُ تَس یکدم وَٹٕسی گران۔ کارِ بار ٹھپ سَپدُن اوس ٹھیکے۔ مگر فأطمُن تَس موکجار ہیٚوٚن چھُنہٕ ژَمان۔ یہِ چھُ سبٹھاہ غأر فِطری باسان۔ ناولہِ منٛز یتھ پأٹھی کھانٛدر تہٕ طلاق سَپدان چھِ۔ اِنسان چھُنہٕ ذٔہنی طور یم قوٚبوٗل کرنہٕ خأطرِ تیار۔

اختر صأبنٛز بیا کھ ناول ''زُو تہٕ زولانہٕ'' (ییٚمکۍ کینٛہہ قِسط مےٚ پرٕنٕک موقہٕ آمُت چھُ) چھےٚ زیادٕ زُودار، شوٗبہٕ دار تہٕ مُکمل باسان۔ یہِ ناول چھےٚ یہِ کتھ تہٕ روشن کران زِ اختر صأب چھِ بحٲثِیت ناول نِگار برابر بڑونہہ پکان۔



## گٹہِ منٛز گاش

''گٹہِ منٛز گاش'' چھےٚ امین کأمِلنٛز تخلیق۔ یوسہٕ قبأئلی حملہٕ کِس پوٚت منظرس منٛز لیکھنہٕ آمٕژ چھےٚ۔ مشہوٗر انگریزی اَدیب ایچ۔ پی۔ بیٹس سٕنٛز ناول ''دِ سکار لیٹ سُورڈ'' تہٕ چھےٚ اَتھی پس منظرس منٛز لیکھنہٕ آمٕژ۔ اَماپوٚز کأمِل صأبنہٕ تخلیق منٛز یُس زُودار تہٕ رہدار بیان تہٕ واقاتن ہنٛدِ بن موٗلَن ہٕتۍ قور بَتھ تہٕ سُنٛز وأقفِیت درٕژھی چھےٚ یِوان سو چھُنہٕ بیٹسہٕ سٕنٛزِ کِتابہٕ منٛز نظرِ گژھان۔

''گٹہِ منٛز گاش'' ناوٕلیٚچ ہیروین چھےٚ فاطمہٕ۔ سو چھےٚ بنٛڈٕ پورِچ بسکین۔ مگر وٕرمُلہٕ کِس اَکِس مدرسٕس منٛز ماسٹر بابے آسنہٕ موکھٕ چھےٚ تِتۍ اَکِس کِرایہٕ مکانٕس منٛز روزان یَس عزیز اللہ ناوٕ کِس اَکِس اِنسانہٕ سُنٛد جاگات

چھُ۔ فاطمہٕ چھےٚ کُنہ زٕنی آسنہٕ موکھہ ولی بُڈ ناؤک اکھ شخص بَنڈ پورِ پیٹھ ہِتی
ٹلان۔ یُس ورمُلہِ گرٕ ہِسے مَنز ہِتھ ٹوپہٕ سُوچ کأم چھُ کران۔ رام کرشن چھُ
ورمُلیُک اَکھ دُکاندار۔ سُہ چھُ اُمِس ماشٹر بایہٕ ہِنٛدِس عشقس مَنز وَلنہٕ یِوان۔
مگر فاطمس چھےٚ رام کرشنٕنہ شدید نفرت۔ رام کرشن چھُ اکِہ دوہہ پننہٕ لولچ
باوَتھ عزیز اللہ ہِنٛدِس جوان نچوس حسہٕ لالس نِش کران۔ تمی چھنہٕ اؤتتھ تامتھ
فأطمہٕ وُچھمُت آسان مگر اُمی ہِنٛدِ حُسنٕکی بے حد تأریف بوٗزِتھ چھُ تَس پانس دِل
ووُٹھ کڈان۔ سُہ چھُ مکانہٕ شیرِ نک پیٹھ رُٹتھ فأطمن دیدار گران تہٕ اُمِس
نازلہِ پیٹھ دِل و جان فِدا سَپدان۔ سُہ چھُ پننہٕ لولُک مُور تہٕ تژر چِٹھین مَنز
فأطمس باوان۔ فأطمس چھِ پننہٕ کینٛہہ اؤصوٗل تہٕ آدرش۔ تَس چھنہٕ یہٕ پَسند زِ
اکھ دوٚیُم مرد لیکھہِ تس لولہٕ چِٹھِ تہٕ سو دِیَس جواب۔ سو چھےٚ تَس کُنی گتھِ وَنان
زِ سُہ یوٗ دوَے تَس ہِتی نیتھر کرُن چھُ یَژھان تس پَزِ شریفن ہِنٛز وَتھ اختیار
کرٕنی۔ پننس مألِس وَنن زِ سُہ کرِ تمی ہِنٛدِس مألِس ہِتی گتھ باتھ۔ یی چھُ
سَپدان۔ تہٕ مُروجہ طریقو تہٕ آدابو ہِتی چھےٚ کھاندرٕچ گتھ سَپدان۔ یِمنے دوہَن
چھُ کشیرِ پیٹھ قبأئلی حملہٕ سَپدان۔ تہٕ ورمُلِس چھُ نار تہٕ مار ژھَٹھ کڈان۔ اُتھی
ہِہی ہاینس مَنز چھُ اکِہ دوہ راتھ کُیت رام کرشن پَنُن زُوگل بچاوِنہٕ خأطرِ فاطمہٕ
نِس ڈیرِس پیٹھ واتان۔ فاطمہٕ چھےٚ اُکِس رِژ تہٕ اِنسان دوست کأشرِ زنانہٕ
ہِنٛدی پأٹھی سأرے دٕے تہٕ نفرت مُشرأوِتھ تَس پناہ دِوان۔ اکِہ دوہہٕ چھِ
قبأئلی اَتھ مکانَس پیٹھ تہٕ جونٛطہٕ ماران یَتھ مَنز ولی بُڈ چھُ چھوکہٕ لد سَپدان تہٕ
رام کرشن چھُ فأطمنہٕ زِندگی بچاوان گولہِ ہُنٛد نِشانہٕ بنان۔ فأطمہٕ چھےٚ قبألین

وَنان زِ رام کرشن چھُ تِمُو سُند کھاندار۔ فاطمہِ چھےٚ قبائلی حملہِ پتہٕ واپس بنٛڈٕ پۆر گرٛھان۔ سو چھنہٕ پۆرٕ عُمرِ کانٛسہِ ستی کھاندر کران۔ حَسہٕ لالس ستی تہٕ اِو موکھ تہٕ کیٛازِ تِمو ہنٛدی مأکی عزیز اللہ ہَن چھُ قبائلین ہُنٛد ساتھ دِتمُت آسان۔

یہِ چھےٚ گٔتہِ منٛز گاش ناوِلیٚچ کہأنی۔ یوسہٕ دراصل گاندھی جی ہنٛدِ یَیمہِ خیالُک اَکھ عملی پرتو چھےٚ:

''یتھ گٔتہِ زۆلِس منٛز گیِہ مےٚ چھرا کشیرِ اَندر اکھ گاشہِ زٕژ نظرِ۔''

یم لفظ وٕنی گاندھی جی یَن تمہِ وِزِ ییلہِ مُلک تقسیم سپُد تہٕ فرقہٕ پرستی ہُنٛد نار کشیرِ وَرأے ژۆپاسے شولہِ مارنہِ لۆگ، کنواسہٕ لحاظہ چھےٚ موضوٗعس منٛز وارِیاہ وُسعت موجوٗد۔ کأمِل صأبن چھُ یقینَن سبٹھاہ نِڈر آسنُک ثبوٗت دِتمُت تِکیٛازِ تِمو تُل تتھ زمانس منٛز اَتھ موضوٗعس پیٹھ قلم ییلہِ قبائلی حملُک واقعہٕ بلکل تازٕ اوس۔ مُصنِف چھُ مختلف کردارَن ہنٛدِ ذٔرِیعہ مختلف دربن ہُنٛد ردِعمل بڑٕ گاٹہٕ جارٕ سان ظأہر کران۔ کُنہِ جایہٕ تِی پأٹھی۔ تہٕ کُنہِ جایہٕ محض اِشارَن تہٕ کِنایَن منٛز۔ بیانَس منٛز چھےٚ سنجیدگی ستی ستی ہزلہِ مزاحُچ اَکھ خوش یوٗنی آمیزش دِژٕ پٔٹھی یوان۔

ناول چھنہٕ سیٖدِ سیوٗد وَرمُلہِ پیٹھ یا بنٛڈپۆرِ پیٹھ شۆرُو سپدان۔ یہِ زَن عام حالاتن منٛز سپدن گۆژھہ۔ مُصنِف چھُ بذاتِ خود ناولہِ ہُنٛد اکھ کردار تہٕ اُمِس ستی ستی چھِ ماسٹر عبدالسلام، نازکی صأب بیٚترِ تہٕ اَمکی کردار۔ کأمِل صأب چھِ ''گوڈٕ کتھِ'' منٛز وَنان:

''ناول چھےٚ کأشرِس اَدبَس اَندر اکھ نٔو کتھ۔ اِو کنٛہ پیٚیہِ مےٚ گوڈنی

ترٛتھ کانٛہہ صوٗرت (فارم) ژھارِنۍ یوسہٕ نہٕ سانٛین لۄکَن پتھٕ بانہٕ ووٚپرٕ باسہٕ۔ چناں چہٕ مےٚ کوٚر کتھٕ گری سُنٛد ہیٚوٗ طرزِ اختیار۔ یُس زَن سانٛین لۄکَن پرون مالُک میراث چھُ۔''

کتھٕ گری سُنٛد مطلب چھُ شاید داستان گو سُنٛد۔ یِتھ ٹیکنیک تہٕ ہیکہٕ بے شک ناولہِ بانٛتھ اَکھ مولہٕ وِنۍ تہٕ زُودار ٹیکنیک ثابتھ سپدتھ۔ مگر یہٕ ٹیکنیک چھنہٕ جان پأٹھۍ تہٕ حِسابہٕ سان وَرتاونہٕ آمٕژ۔ ناوَل چھےٚ ییمہِ منظرٕ ستۍ شوٚروٗ سپدان زِ مُصنِفس چھُ بَنٛڈٕ پوٚر گرٕھُن۔ سُہ چھُ بَسہِ کھسان۔ مگر وَتہٕ چھُ بَسہِ گڑبڑ سپدان تہٕ یہٕ چھےٚ ہیتھ گوھان۔ مُصنِف چھُ نزدیکے أکِس گامس منٛز سبدان تہٕ اَتہِ چھُ سُہ ماسٹر عبدالسلامس سمکھان۔ کتھ کتھ چھےٚ چلان تہٕ أتھی منٛز چھےٚ قبائلی حملچ ذِکر سپدان تہٕ ماسٹر عبدالسلام چھُ مُصنِفس فاطمنۍ کہأنۍ بوزٕ ناوان زِ تَس بیچارِ کیاہ گُذریوو۔ اگر ماسٹر عبدالسلامے ناولہِ اَنٛدرس واتہٕ ناوِہے۔ جان سپدِہے۔ مگر تہٕ چھنہٕ سپدان۔ مُصنِف چھُ کہأنۍ ہنٛزِ بیٚیہِ لَنٛجہِ ولی بڑس، نازکی صاٮٔبس بیتر کردارن نِش بوزان۔ ناول چھےٚ ٹکرٕ وأنٛتھ پوٚرٕ گرنہٕ یِوان۔ دون ہتَن صفَن ہنٛز ناولہِ منٛز چھُ عبدالسلام تہٕ وارِیاہ ژیری کنواسس پتھ درٕ ینٛٹھی یِوان۔ أمِس تام واتان واتان چھِ ۵۰ صفہٕ پوٚرٕ سپدتھ آسان۔ اَمی بے ڈول ٹیکنیکہِ سببہٕ چھُ اَتھ تخلیقہِ مۄٚہے اوٚنٛگرِ منٛز جونٛگر ہیٚوٗ آمُت۔ یُس بارِ گراں گُزراں چھےٚ۔

فأطمن کردار چھُ کیٚنٛہو واقاتو کنۍ نقلی تہٕ بناوٹی باسان۔ سو چھےٚ اخلاقَن تہٕ آدابَن ہیٚوٗت زیادٕ لار زِ سو چھےٚ عرشہِ پیٹھٕ وَژھمو اکھ دیوی

باسان۔ سو چھےٚ تمو اِنسأنی جذباتو نِشہِ خألی یِم اتھ عُمرِ منٛز أکِس کورِ منٛز آسنۍ گرٕھن۔ آدم نِفسیات چھےٚ غلط سانٛچس منٛز پیش کرنہٕ آمٕژ۔ فأطِمن یہِ وَنُن تہٕ چھُ گوٚب تہٕ عُجیب باسان زِ رام کرشن چھُ تٔمۍ سُند کھانٛدار۔ سو ہیکہِ ہے تٔس پٔتِن بوے تہٕ ظأہر کٔرِتھ۔ ناولہِ ہنٛدِ بن اُخری حِصَن پیٹھ چھنہٕ تیٚژ مجسٕنتھ کرنہٕ آمٕژ پیرٕ شوٚرٕ کٕمِن حِصَن پیٹھ کرنہٕ آمٕژ چھےٚ۔ تاہم یِمَو دوٚشو باوُجوُد چھےٚ یہِ تخلیق پٔنٛژ اکھ اہمیت تھاوان۔ یہِ چھےٚ کأشرِ نٔثرُک اکھ خوش یُون سٹأیِل وُ براوان۔



## أسی تہٕ چھہِ اِنسان

یہِ چھےٚ علی محمد لون سٕنٛز ناول۔ یہِ چھےٚ امرناتھ یاترایہِ ہنٛدِس پوٚت منظرس منٛز لیکھنہٕ آمٕژ۔ امرناتھ گوپھایہِ ہنٛز عظمت، أنٛدۍ پٔکھۍ ماحولُک بجٔر تہٕ تھزر، یاتری یَن ہنٛز یَژھا تہٕ کل، تِہنٛز روٗحأنی تڑیش، قسم وار لُکھ تہٕ رَنٛگہٕ رَنٛگہٕ منأظِر، مرکبان، چھولہِ دارِ، ڈانٛجہِ تہٕ پالکہِ، مختلف پڑاو، پاک تہٕ پوٚتر جایہِ، سوٗرے چھُ دیپدَن تل یِوان۔ کَتی لُکھ چھہِ پرٛتھ وٕری یہِ یاترا کرنہٕ موکھ دوٗر دوٗرا جایَو پیٹھہِ اور واتان۔ اکثر لُکھ چھہِ پہل گام تام بَسہِ منٛز گرٕھان تہٕ اَتہٕ پیٹھہِ پٔتِن زیوٗٹھ تہٕ کرٛوٗٹھ سَفر وِوٕھلی طے کران۔ کینٛہہ چھہِ گُربن، ڈانٛجن تہٕ پالکِمن ہُنٛد بوٚنٛدبَست کٔرِتھ منٛزِل مقصوٗدَس پیٹھ واتان۔ اَدِ یَس یژھ توٗژھ تہٕ سامٔرتھ چھےٚ نہٕ تیٚتھہِ پأٹھۍ۔ مگر یِم قُلی، یِم مرکبان تہٕ یِم ڈانٛجہِ موٚزوٗر، یِم پرٛتھ وٕری یہِ اَتھ مُقدس گوپھایہِ تام یاتری ہٮ۪تھ واتان چھہِ۔ تِہنٛز زِندگی کیاہ چھےٚ؟

کیٛاہ تَم لُکھ یِم اِنسانٔن ہِندِ بَن کلن پیٹھ سوار گرٛٔہستھ بھگوانس مِنت تھاونہٕ گژھان چھہِ تَم چھا بُڈی کرنہٕ یِم؟ لون صأبن چھُ اَکھ سنٛبٲٹھپہٕ نوزُک موضوٗ ژورمُت۔ تیٚمہِ شِدت اَکھ حِساس اِنسانٕنے موٚحسوٗس ہیکہٕ کرِتھ۔ ناولہٕ ہِنٛدی اہم کِردار چھہِ لطیف، پران، کیدار تہٕ کینٛہہ ڈانٛجہِ موٚزوٗر یِمَن منٛز سام چیٛچہٕ قأبلِ ذِکر چھُ۔ یَتھ یاترایہِ منٛز چھےٚ سام چیٛچنو اسأنی اَکھ کرٛہُن کالہٕ وبٹھِ سیٹھ تیٚمی سٕنٛزِ پالکہِ سام چیٛچس سان ۱۲ ژٕنی نٔکھی تُلتھ چھہِ۔ لطیفس چھےٚ سام چیٛچس ستۍ بے حد ہمدردی۔ سام چیٛچن گُن نیچو چھُ ۱۹۴۷ء بروٚنٛہہ آزأدی ہٕنٛزِ تحریکہِ منٛز شہید گوٚمُت تہٕ تٔمی چھےٚ پَتھ گُن اَکھ کورِہَن تژاوِمٕژ۔ تیٚمی سٕنٛزِ زِندگی تار دِنہٕ موکھ چھُ سام چیٛچہٕ یَتھ وُربد اوستھایہِ منٛز تہٕ یِژٕ مجبٔنتھ گران تہٕ یِم کرٛاٹھی تہٕ زاٹھی رَبہٕ تہٕ شینہٕ بال ژھنٛڈان۔ سام چیٛچس چھُ ہٹو ستۍ ڈاکھ گوٚمُت۔ سأری سے کھورَس چھُ پاکھ گوٚمُت۔ سُہ چھُنہٕ قدم تہٕ تُلتھ ہبکان۔ مگر سُہ چھُ ڈوچُر ڈوچُر دِنس پیٹھ مجبوٗر۔ ووٗنی چھےٚ سیٹھہِ سٕنٛز پالکی گوپھایہِ نزدیک واتنس تیار۔ اَماپوٚز سام چیٛچس چھےٚ سأرے توٗژھ سورمِژ۔ یہِ چھُ ناولہِ ہُنٛد کلایمکس۔ کرٛہُن کال سیٹھ چھُ پالکہِ منٛزٕ نبرَ نیران تہٕ موٚزوٗرَن وَنان زِ سُہ گژھہ نہٕ ووٗنی گوپھایہِ منٛز درشُن کرنہِ۔ تَم نِین سام چیٛچس اَمی دَمہٕ پالکہِ منٛز پہلگام واپَس۔ تَس چھُ پٔنُن پان سنٛبٲٹھاہ جابِر تہٕ ظألِم باسان تِکیازِ تٔمی واتہٕ نوو اُمس بڈ منوٗشس بڈ دوکھ۔ ڈانٛجہِ موٚزوٗر چھہِ سیٹھ جی سٕنٛز یہِ کتھ بوٗزِتھ یہِ ڈیٛ‌زِ تہٕ راوان زِ تَم نِنا سام چیٛچس پالکہِ منٛز تہٕ سیٹھس تژاوَن اُتی۔ اَخرس چھُ تی سَپدان یہِ سیٹھ جی وَنان چھُ۔ سیٹھ چھُ سام چیٛچس پالکہِ منٛز بہناوان تہٕ پٔنُن قیمتی شال پیٹھ تژاوِتھ

روھستھ گران۔ سیٹھہٕ ہنٛدِس کوورَن بُتھِس زَن چھُ بدلے نوٗر مَلنہٕ یِوان۔ تَس چھُ شنگرف پیڈان۔ سُہ شنگرف یُس شاید مُکھتی پڑاونہٕ وِزِ اِنسان بُتھِس پیٹھ درٛینٛٹھی چھُ یِوان۔ ناولِہ منٛز یُس یہِ "ہیوٗمن ٹچ" موٗجوٗد چھُ سُہ چھُ سبٹھاہ زاۓ وینٛل تہٕ پُراثر۔

سام چیٚنچہٕ چھُ اَمہِ تخلیقہٕ ہُنٛد اہم ترٟن کِردار۔ یہِ چھُ پَرن واٲلِس سُنٛتھ گرٛھان۔ لطیف چھُ اکھ حساس لِکھاری۔ سُہ چھُ سام چیٚنچس وُچھی تھے سوٗنچان:

"پرٛژھ اَمِس۔ ژھاٮ۪نٛڈ دِس۔ خیالَن منٛز وسِس۔ کوٗرِتھ اَنٛس کَڈِتھ۔ دِلس منٛز سَنِٛس۔ رازَنِس کَڈِتھ۔ یہِ چھُ کِردار۔ اَکھ زِنٛدٕ کِردار۔ اٮ۪ہنٛز کتھ لیکھِتھ بنکھ بوٚڈ فنکار۔ قلمس تیٚی زوٗ۔ خیالَن ییٚنہٕ پکھہٕ۔ وُڈکھ، تھزرٮ۪ن کُن لمکھ۔ موشوٗر گرٛھکھ۔"

لطیف سُنٛد سوچ تہٕ ذہنی رَدِعمل چھُ واقاتن ہنٛز ہانٛکلہِ منٛز ربط تہٕ سَنبر پاٲدِ گران۔ پران تہٕ کیدار چھِ لطیفنٛی دوست۔ یِم ترٛیشوَے چھِ بیٚون بیٚون مِزاژ تھاونہٕ باوجوٗد اکہِ ہشرُک پےٚ دِوان۔

"اَسی تہٕ چھِ اِنسان" چھےٚ پننہِ کیٚنٛہہ اہم خوٗبیہٕ تھاوان۔ مگر یِتہٕ چھنہٕ اَکھ جان ناولٹ بُنِتھ ہیٚچ ہو۔ یہِ چھےٚ اکھ رپور تاجِ روٗزمِو۔ یہِ نہٕ اِو رکنِی زِ اَتھ منٛز چھےٚ رپورَ تاجِ ٹیکنیک ورتاونہٕ آمِو۔ نہٕ یُگ کہِ اِوموکھ زِ اصل تھیم چھنہٕ شوٗرُے پیٹھے تتھِ پاٲٹھی وُبران تہٕ ہَنہِ ہَنہِ کاڈ کڈان۔ یتھ پاٲٹھی سَپدنی گوٚو۔ ناول نِگار سنٛز نظر چھےٚ سَفرس کُن زیادٕ روٗزمِو۔ سُہ چھُ سفرنامہٕ چہِ مختلف لنٛجہِ تہٕ جذبات وبرٛھناوَنس کُن زیادِ لگان۔ تہٕ اصل تھیم چھےٚ بڈ ژرِ

وُ بران۔ لون صاًب چھُ پنٕنس پیش لفظس منٛز ونان:

''یہِ چھےٚ پزٕبن واقاتن پیٹھ لیکھنہٕ آمِتۍ۔ مگر پزٕبن واقاتن منٛز ادبی رَنٛگ پاٗدٕ کرنہٕ خاطرٕ چھُ کردارَن ہُنٛد نفسیاتی تجزیہِ پیش آمُت کرنہٕ تہٕ واقاتن پیٹھ اَکِس باشعوٗر اِنسانہٕ سٕنٛدی پاٗٹھۍ تبصرٕ کرنہٕ آمُت۔''

یہِ کتھ چھےٚ بجا۔ مگر اَمہِ سٟتۍ چھُنہٕ سہٕ ورد زامُت۔

سیٹھہٕ سٕنٛدِس ذہنَس منٛز یوسہٕ خوش یِنٕۍ تبدیلی اَخرس پیٹھ یِوان چھےٚ۔ تہٕ ساًری سے کہاًنی اَکھ وَلہٕ گَتن دِوان چھےٚ۔ یہِ تبدیلی چھےٚ ہنٛگہٕ منٛگہٕ تہٕ اکہٕ غاٗبہٕ باسان۔ اَمہِ خاطرٕ اوس سیٹھہٕ سُنٛد کردار زیادٕ پہَن وُبراونٕچ ضروٗرتھ۔ تمۍ سٕنٛز شوعوٗری تہٕ لاشوٗعوٗری کیفیژ ہیکہٕ ہَن تَس وُبراوَنس منٛز مدد کرِتھ۔ ناولُکس منٛز یوسہٕ گہراًیی تہٕ وُسعت ووٚتلنۍ گژھ سو چھُنہٕ ووتلیمٕژ۔ حالانکہِ تِم ساًری عناصِر اَسۍ اَسۍ موادَس منٛز موجوٗد ییم اکھ لازوال تخلیق بناونہٕ خاطرٕ کاًفی اَسۍ۔

ناولہِ منٛز یُس ہیوٗمر جایہِ جایہِ موجوٗد چھُ سہٕ چھُ فِطری، زُودار تہٕ جان معیاٗرُک۔



## ''مُجرم'' تہٕ ''میٛل''

''مُجرم'' تہٕ ''میٛل'' ناوَن ہٕنٛز زٕ ناولہٕ چھےٚ غلام نبی گوہرن لیچھمٕژ۔ مجرم سپٕز ۱۹۶۹ یَس منٛز چھاپ تہٕ میٛل ۱۹۷۳ یَس منٛز۔ گوہر صاًب چھُ کاشُرِ زبانۍ ہُنٛد گوڈنیُک لِکھاٗری یٕہنٛز ترٛے اورجنل ناولہٕ وُنیکھ تام چھاپ سپدیمٕژ چھےٚ۔

مُجرم چھےٚ عدالتٕ سپنہٕ پتھٕ شوٗرٕ سَپدان تہٕ کورٹ سپنہٕ ستی اَند
واتان۔ احمد اللہ ہَس پتھ چھُ یہ اِلزام زِ تٔمۍ مآر پننۍ کوٗر حاجرٕ زہر دِتھ۔
حاجرٕن مَرن دوہ چھُ ۱۷ اگست ۱۹۶۱ء عدالتی رکارڈن منٛز درٕج۔ یٚیمہٕ تلہٕ یہٕ
سَرٕ کھٕر کرٕن مُشکل چھُنہٕ زِ اَمہٕ ناوٕلیٹٕچ مؤلہٕ گتھ کمہٕ زمانٕچ پأداوار چھےٚ۔ ناولہٕ
ہندی کِردار چھِ وکیلن ہندیو جراہو تہٕ عدالتی کاروأیی ستی نٔو نیران تہٕ ویٚدی
سَپدان۔ تہٕ یوٗت یوٗت مقدِمہٕ عدالتَس منٛز انجامس کُن لمان چھُ تیوٗت تیوٗت
چھِ اہم کِردار تہٕ پھاپھلان تہٕ کاڈ کڈان۔ لوور کورٹن چھُ احمد اللہ مُجرم قرار
دیُتمُت تہٕ ووٚنۍ چھُ کیس ہائی کورٹس منٛز چلان ییٚتہٕ نوِ سَرٕ اتھ سأری سے مالس
دل واتٕرُو لگان چھُ تہٕ اَخرس چھُ ہائی کورٹ یہ کیس سشن عدالتس واپس
سوزان تہٕ تتھ ہبدایتھ دِوان زِ زٔنۍ سُلہٕ جوٗ تہٕ بشیر احمد گرٕھن طلب کرنہٕ تہٕ
تہٕ دوشوٕنی دَربن گرٕھ تِمَن جرح کرنک اِجازت دِنہٕ یِن۔ اَتھن چھُ مُقدمہٕ لرِ
پھِرٕن دِوان تہٕ اصل اول وانٛگن چھُ نوٚن نیران۔ احمد اللہ چھُ باعزت بُری
کرنہٕ یِوان۔ تکیازِ گتھ چھےٚ ٹاکارٕ پأٹھۍ نٔو سَپدان زِ حاجرن چھےٚ گگر دوا کھیتھ
خودکشی کرمٕژ آسان۔ وَجہ چھُ یہ زِ تَس چھُ ہمسایہٕ لڑٕکس بشیر احمدس ستی محبتھ
آسان۔ بشیر احمد چھُ اکہٕ امیر گرٕک لڑٕکہٕ آسان تہٕ اَکھ بوٚڑ افسر بنان۔ دون
گرن ہنٛزِ حٔثیژ منٛز سبٹھاہ فرق آسنہٕ مؤجوٗب چھِ نوبَت چھےٚ خودکشی پتھ واتان۔
بشیر احمدس تہِ چھُ حاجرس ستی محبت۔ سُہ تہِ چھُ بوٚسیدٕ رسمن تہٕ رِواجَن خلاف۔
مگر سُہ چھُنہٕ بغاوَت ہبکان کرِتھ۔ یٚیمٕیک وُنٛش حاجرٕ چھَس دِوان۔ سو چھَس
اَکِس چِٹھِ منٛز لیکھان:

''میانہِ جوانی تہٕ زِندگی، یاوٕنس تہٕ لوکچارس تہٕ آشنین تہٕ دومیزن چھِ نامور تہٕ تجربہٕ کار مُنزِم یاربن اَتھِ بوٚلی دیاونہٕ یوان۔ تیمی سٕنز بوٚلی تھدِ سے ہیکہِ میانین لاوبن ارمانن مُلی ہیتھ...... لہٰذا کڈی زِ ذہنہٕ منٛز میون خیال۔ اُچھو منٛز میون تصور تہٕ دِلہِ منٛز میون ناو۔ تمہٕ لوکچارٕکی میٹھی تہٕ موٚدری خاب مُشراو۔ میون ناو، میوان وجوٗد میانٛی شکلہِ صوٗرتھ تہٕ۔''

''مُجرم'' چھےٚ تتھ سماجی تفاوٗژ تہٕ نابرابری وُزن ٹلان۔ یوسہٕ سائنس سماجس منٛز نوسوٗرکی پاٹھی دوہہ کھوتہٕ دوہہ زوان چھےٚ تہٕ یوسہٕ بیٚون بیٚون ورگن ہنٛدبن لکن پامال تہٕ بدحال گران چھےٚ۔ مُقدمہٕ چھُ ژون وٕری ین عدالتس منٛز چلان تہٕ یٚتھ کاٚس چھےٚ مُلزم احمد اللہ سٕنزن اُچھن ہُنٛد گاش تہٕ کوٚٹھین ہُنٛد ہوش ژھوکومُت آسان۔ سانٛی مُروجہ قونوٗن تہٕ اِنصافکی طور طریقہٕ کٲتیاہ موٚحدوٗد تہٕ فرسوٗدٕ چھِ تہٕ یمن منٛز سُدھار انٛنک کوتاہ ضروٗرتھ چھُ۔ یتہٕ چھُ ناول نِگار سُنٛد اَکھ اہم مقصد روٗدمُت۔ گوہر صاٚب چھِ عدالتی ماحول پاٚدٕ کرنٕس منٛز سیٚٹھاہ کامیاب روٗدی متی۔ شاید اِوَے کِنۍ تہٕ زِ سُہ چھُ پانہٕ جج۔ مُجرم چھےٚ موضوٗ تہٕ ٹیکنیک کہِ اعتبارٕ پننہِ انداز چ اَکھ ناول۔ مگر کینٛہہ وٕچھِ خامیہٕ روزنہٕ موٗجوٗب چھُ اَتھ انٛدر ربٔتھ روٗدمُت۔ پَرن وٲلِس چھُ گوڈٕ پیٚٹھے یہِ فِکری ترٛان زِ احمد اللہ چھُ بے گوناہ تہٕ اٰخرس سپد سُہ بَری۔ واقاتن چھُ غاٚر ضروٗری طوٗل دِنہٕ آمُت۔ وٗکیل صاٚبن اکہِ دوہہٕ مُلزِم سُنٛد گرٕ گرٛژھُن تہٕ تتہِ دوٗنژھ دِتھ کینٛہہ اہم کاغذ حاصِل کرٕنی چھےٚ محض کیس زیٛنٛج اَکھ مجبوٗری باسان۔ بشہِ لالُن تہٕ حاجرٕن مُحبت چھُ بناوٹی باسان۔ تِہنٛزِ لولہِ چٹھِ چھےٚ حقیقی جذباتو روٚس محض

آرائیشی لفظو تہٕ لکچر بأزی ہتی بٔرِتھ۔ محبتہٕ کِس اِظہارس منٛز چھُ گوہر صاب ناکام رؤدمُت۔ گوہر صأبَس چھُ شأعری کرنٕک تہٕ مختلف شأیرن ہُنٛد کلام بوزناوُنک سبٹھاہ شوق۔ تہٕ یِمو رؤس تہِ ہیکہِ بیشتر جایَن کأم اَنٛدِ تھ۔ باسان چھُ یِم شار چھِ ہٹہٕ مٹہٕ اَتھ منٛز ٹھوٗنسہٕ آمتۍ۔ ناولِ ہنٛدۍ تِم حِصہٕ چھِ پزۍ شاندار یِم عدالتی کاروأیی ہتۍ تولُق تھاوان چھِ۔

''مٔیل'' چھےٚ گوہر صأبنٕ بیاکھ ناول۔ یہِ چھےٚ نفسِیأتی انداز چ تخلیق۔ اَمِچ زبان چھےٚ اَدب لطیفچ زبان۔ مُصنِفن چھُ یِیمہِ ناولہِ ہنٛز پیٚنٛز وونہٕ باپتھ اختر صأبنٕ پأٹھی توصیفی طریقہٕ پانہٕ نوومُت۔ لِکھأری چھُ کمہٕ کاس أکِس مورخہٕ سنٛدی پأٹھی تمام واقات خأرجی حالات، مختلف حأری ثات، کِردارَن ہنٛزِ کیفیژ تہٕ تِہُنٛد ذہنی سوچ شوٗرُ پیٹھہٕ أخرس تام وَکِھ ناوان۔ ناولٕچ کنواس چھُ سبٹھاہ ژھوٗٹ تہٕ موٗختصر۔ ''مٔیل'' چھےٚ دَراصل خوجہِ عزیز دہِن شاہ (کوچھِ باغک اکھ بوٚڈ کوچھِ وول) سنٛزِ کور محموٗدِنی تہٕ امین صأب (اکھ بوٚڈ سرکأرۍ افسر یُس آۍ،اے،ایس سٔروِسِ منٛز چھُ) سنٛدِس لڑکہٕ جلیل سنٛز داستان۔ یِم دوشوَے چھِ اَکھ أکۍ سنٛدِس لوٗلس منٛز گرفتار سپدان۔ تہٕ أخرس یلہِ کھانٛدر سپدان چھُ۔ محموٗدِ چھےٚ موٗحسوٗس گران زِ جلیل چھُ نامرد۔ قِصہٕ چھُ عدالتس پیٹھ پوان تہٕ چھیکرس چھِ پروفیسر موتی لال تہٕ تٔمۍ سنٛز آشیٚنۍ مینا اَتھ نفسیأتی مَسلس کھر کڈان تہٕ بأژن دون چھےٚ مٔیل سپدان۔ موتی لعل چھُ جلیلُن دوست تہٕ مینا چھےٚ محموٗدِنی وبس۔ مَسلہٕ چھُ دَراصل یہِ زِ محموٗدِ یِیمہِ آیہٕ عشقس چھےٚ وُچھان۔ جلیل چھُنہٕ اتھ تمہِ آیہٕ وُچھان۔ محمود نہِ نظرِ منٛز چھُ عشق اَکھ رؤمأنی مُستی تہٕ

اَمہِ مُستی مَنز سۆکۆن ژھارنچ قائِل۔ جلیل چھُ اکھ تژیشہِ ہۆت یُس پنٕنس مۆ درِس ناگس تھَلہِ تھَلہِ وُچھنہٕ باپتھ مُضطرِب چھُ، محمۆدِ چھےٚ دۆ دسہٕ لَدِنی یوسہٕ یہٕ ناگ کیٛاہ سورٕے سٕدر اَکُے گژھِتھ دِتھ خوشُک کرُن یژھان چھےٚ۔ موتی لال لعل چھُ اُخرس جلیلس سمجھاوان زِ حُسن تہٕ یاوُن چھِ ییٚمہِ بُتہٕ راٛژ ہِندی زٕ ٹاٹھی خزانہٕ تہٕ یِمَن خزانَن یُس راٛچھ کُرِتھ روزِ سُہ چھُ شاہ مار تہٕ یُس وَرتاوِ سُہ چھُ پزِی پاٛٹھی عاشق۔ مینا تہٕ موتی چھےٚ اَکھ سانگ بامَل اُنتھ جلیل ہِندِ بن مردانہٕ قُوتن وُتش دِوان تہٕ محمۆدس تہٕ جلیلس چھُ مٔیل سَپدان۔

ناول چھےٚ تتھ موڑس تام زبر پاٛٹھی پکان یۆتتھ تامتھ محمۆدس تہٕ جلیلس چھُ کھاندر سَپدان۔ اَمہِ پتہٕ یِم اُتار چڑھاو یِوان چھِ تِم چھِنہٕ جان پاٛٹھی develop کرنہٕ آمتی۔ مُصنِف چھُ یہےٚ لانٛہ ہِشہِ مینان تہٕ کِردار develop کرنہٕ بجاے یِم وُسنَس کُن لگان۔ یۆہے وَجہ چھُ زِ یہِ تخلیق چھَنہٕ سو تاثُر ہبکان ووتلاٛوِتھ یُس مُدا اوس۔ ناول نِگار ہِندِس ذہنَس پیٹھ چھُ عام ہِندستانی فِلمن ہُند نۆن تہٕ ٹاکاری اَثر باسان۔ محمۆدن تہٕ جلیلُن سُند اکھ اَکِس قریب یُن۔ دوشہِ وِنی ہُند شاعِر بنُن تہٕ کالجہِ کِس مُشاعِرن مَنز حِصہٕ نیُن۔ لڑکن نِش بے وایہٕ داد حاصِل کرنی۔ جلیلس روٗدس مَنز محمۆدِنی لِفٹ دِنی تہٕ ڈرائیور ہِندِ یکدم موڈ ژٹنہٕ ستی تِم اکھ اَکِس پیٹھ لاینہٕ ینی۔ یِم ساری چھِ سَستہٕ ہُندستانی فِلمن ہِندی سین۔ گوہر صاٛبُن نثر یوسہٕ پھُلے یتھ ناولَس مَنز ہاوان چھُ سُہ چھُ خوش کرُن۔ زبان چھےٚ وُشنی۔ پھنب پھۆت ہِش۔ اَتھ مَنز چھُ فلسفیانہٕ طرز سوچ تہٕ مۆجۆد تہٕ طرزِچ حسین مِلہِ مِش تہٕ۔ مگر واریاہ جایہٕ

چھےٚ ترٛٲٹھ تہٕ یِتھیٚن غاٲر ضروٗری الفاظیت وٕتھتھ یِوان چھےٚ۔ حسیٖن ترکیبو، بنٛدشو تہٕ محاورو سٟتؠ زبانٕ گلٹ گرٕنۍ تہٕ غاز ملُن چھُ کُنہِ حدسہ تام شوٗبان یِیلہِ یہِ جذبہٕ فِطری سرحدو نبر نیران چھُ لفظ چھِ چھٕرا لفظ باسان۔ جذباتو روٚسۍ بے شوٗب تہٕ بے زوٗ۔ مثلن یمہٕ کیٚنہہ سطرٕ وٕچھو۔

''...... کلامکہ یَرادِ کیٚ نبض اَسۍ ہا ییٚمتؠ۔ محموٗدٕ ژایہِ گژبکہٕ وِنہٕ تِلہٕ کژایہِ تلنہٕ آمژ وأٹنجہٕ کھونٹ ہش بمار تہٕ مُضطرِب قدمو......''

گوہر صاب ییمہِ آیہِ جلپلن خولہٕ خط وبژھناوان چھُ سُہ چھُنہٕ ہرگز اَکس مرد سُنٛد خولہٕ خط باسان۔ بٔلکہِ اَکس لڑٕکی ہُنٛد۔ وجہ چھُ اَمی رِگلٹ سأزی ہُنٛد ییتھ اندر نہٕ مُصنِفس یہِ خیال تہٕ روزان چھُ زِ سُہ چھا حسیٖن لفظ جماہ گران کِنہٕ کأنٛسہِ ہُنٛد حُسن بیان گران۔ کیٚنہہ سطرٕ وٕچھو:

''یمہٕ محراب بمہٕ، یہِ اَلفہٕ قد اَویٚل تہٕ زأویٚل کمر، یہِ نستہٕ خنٛجر، گولاب ٹوٗر ہیٚوٗ پھولہِ وُن چونٹھ۔ شوراب بُرٕ بُرٕ یٔمبرزٕلی اَچھ بناون وِز، گُنٛجہِ تہٕ پوٗرٕ فُرصتھ اَسمژ...... اَمس ژوداہ وٕہرِس موصوٗمہٕ ہنٛز چال تہٕ ڈال توٗلتھ تہٕ سیٖنتھ قدم تُلنۍ تہٕ ترٛاوٕنۍ۔ رُمہٕ اَوی جَن بمن ہنٛزٕ تُلہٕ ترٛاو تہٕ حیا برٛژ نوٚمرتھ اَچھ نہٕ آسہٕ اَہنٛدِ ذاتک بڈبن تہٕ لوکٹن اکھ عجیب اَثر پأدٕ گران۔ ہر کانٛہہ اوس اَمس تھٲلہٕ تھٲلہِ وُچھتھ تہٕ ہیٚو وُچھن یَژھان تہٕ وُچھنٛج ترٛیش اَس نہٕ ہمان......''

تاہم گوہر صاب سنٛز یمہٕ دوشوٚے کوٗششہٕ مُجرِم تہٕ مٔیل چھُ یہِ کتھ ویٚز گران زِ تٔمی چھُ ناول نوٚیسی ہُنٛد فن سنٛجیدٕ گی سان نیٚومُت۔ تہٕ سُہ چھُ اِرتقأیی منٛزِل ژھنڈان بڑونہہ کُن ڈوچرٕ ڈوچرٕ دِوان۔

## اَکھ دور

بنسی نِردوشنٕ ناول ''اَکھ دور'' سپُز ۱۹۷۴ء یَس منٛز چھاپ۔ یہِ چھےٚ تمہِ دورٕچ اَکھ تصویرٕ پیش کران ییٚلہِ کٔشیرِ پیٹھ اَخری ڈوٗگرٕ پادشہَن ہُنٛد راج اوس تہٕ اَکھ جاگیردارانہٕ سماج بارسس اوس۔ ناولبٹ پٔرتھ چھِ امہِ دورٕکۍ کیٛنٛہہ انہار ویٛنٛدی سَپدان۔ گہےٚ ژٕ پأٹھۍ گہے ورگہِ پأٹھۍ۔ یہِ چھےٚ مُلہِ تلہٕ تِمن اَڈن ہنٛز کہأنی پیش کران ییٚتہِ زنانَن ہنٛز صمت فروشی سَپدان چھےٚ۔ یہِ چھےٚ تِمن اِنسانَن ہنٛز کہأنی یِم اَتھ کارِ بارَس سٟتۍ وابَستہٕ چھِ تہٕ تِم یِم یِمَن اَڈن ہنٛدی ناز بردار چھِ۔ کٔشیرِ منٛز اُس نہٕ اَتھ سِیاہ کارَس پیٹھ تِمَن دوہَن کانٛہہ پابنٛدی۔ جایہِ جایہِ اُسۍ یِتھۍ وان وٕری بدبو پیٹھٕ چلان یِمَن منٛز تاشوان مأیسم بیٛترِ زیادٕ دے پہَن بدنام اُسۍ۔ امہِ ناولبٕک خاص اَکھ گون یُس خوش کران چھُ سُہ چھُ یہِ زِ مُصنِف چھُ یہِ جذباتہٕ بوٗرٕ کہأنی بلکُل Detached طریقس منٛز پیش کران۔ زبان چھےٚ سَرل، سأدروار تہٕ ابہامہٕ رۄس۔ اَتھ منٛز چھےٚ تمہِ چانٛدِ ہنٛز صفأیی یِتھ تازٕ بتازٕ گربھ تأرہٕ آسہِ۔

نکینہٕ چھےٚ بنٛڈپۄری علاقٕچ اَکھ غریب گرٕہسی کوٗر۔ سو چھےٚ سبٹھی شکیل۔ تمۍ سُنٛد مول دین محمد چھُ ٹی، بی بیمارِ ہُنٛد شِکار۔ ییٚلہِ نہٕ تَس مقأمی یَلاجہِ سٟتۍ کانٛہہ فرق چھےٚ سَپدان سُہ چھُ شہر درٕ وٕجن کِس مِشن ہسپتالس منٛز ڈاکٹرن پان ہاونہِ یِوان۔ تس چھُ اُتھۍ زیرِ علاج روزٕن پیوان۔ مگر اُچھ چھَس نکینسِے کُن دَرس روزان۔ حالانکہِ تس چھےٚ پۄرٕ پرٛژھ زِ گامَس منٛز چھُ سُہ ہوا نوا

مۆجۆد ییمہِ کنۍ نہٕ تَس کانٛہہ پرواے چھُ۔ ییٚلہِ دٕہن محمد س کیٚنژن رتَن ہسپتالس منٛز اِن ڈور چھُ پٮ۪وان روزُن۔ کورِ ہُنٛد لول چھُ یِوان بربگہٕ سو چھےٚ گائی گامَس زِپھ گُرِتھ بنٛڈ پورِ پٮ۪ٹھ شہر مأڈی سُنٛد حال وُچھنہٕ یِوان۔ مگر وَخ چھُ آسان شام ییمہِ کنۍ نہٕ ہسپتالس منٛز مأرِس سمکھنُک اِجازتھ چھُس میلان۔ سو چھےٚ نزدیکے اَستانَس منٛز راتھ گُذاران۔ اَستانَس منٛز چھُ تَس اَکھ وڑال صدیق جُو سمکھان۔ یُس تس دۆیمہِ دوہ وُلہِ وأرِتھ گوڈٕ طوطَن گرٕ تہٕ پتہٕ فتح کدلہٕ کِس اَکِس اَڈَس پٮ۪ٹھ واتہٕ ناوان چھُ۔ طوطہٕ چھےٚ اَکھ تجربہٕ کار زنانہٕ یوسہٕ ییمَن بدکار اَڈن ستۍ وابستہٕ چھےٚ۔ سو چھےٚ موسیقی پٮ۪ٹھ جان دسترس تھاوان۔ نگینہٕ چھےٚ امہِ اَڈٕ منٛز ژٕلنٕچ واریاہ کوٗشش کران مگر اندٕ ان چھُس نہٕ کینٛہہ۔ اَتھ اڈس پٮ۪ٹھ چھےٚ تَس کُمہِ حسین تہٕ دُردانہٕ ہشہِ زنانہٕ سمکھان یِہنٛدی ناوشادٕ، سارٕ، جبینہٕ بیٚترِ چھِ۔ ییمہٕ کأنٛہہ گرٛاکن دوہ دِش رأضی کران چھےٚ۔ کیٚنژن مستقل گرٛاکن منٛز چھُ مہاراج گنٛج اَکھ رئیس باپأری بلبدر تہٕ شأمِل۔ تَس چھُ موسیقی ہُنٛد چُسکہٕ تہٕ اَوے چھُ اورِ یِوان۔ طوطس چھُ یہِ کانٛہہ زَن کیٚلہِ زِ تمہِ وأڈی کم کم ناوٕ مگر یہِ بلبدر لوٗگنہٕ زانٛہہ بدلہٕ کارَن۔ نگینہٕ یتھےٚ اور واتان چھےٚ طوطہٕ چھِ اَوٕ کنۍ خوش سپدان زِ بلبدر پھۆس ووٚنۍ زالَس منٛز۔ تہٕ یِی چھُ سپدان۔ بلبدرس چھُ نگینہٕ وُچھتھے پٮ۪ٹھ سورُے ایمان راوان۔ سہٕ چھُ صدیق جُوس پرٛتھ رتہٕ ۳۰۰ روپیہِ ماہوار دِوان تہٕ شرط چھُ یہِ روزان زِ نگینہٕ ییہِ نہٕ بییہِ کانٛسہِ گرٛاکس پیش کرنہٕ۔ بلبدر چھُ ووٚنۍ دوہہٕ کھوتہٕ دوہہٕ نگینہٕ نہٕ مایہِ ولنہٕ یِوان۔ تس چھُ گرٕ بار تہٕ کارٕ بار مُشتھ گژھان۔ ستۍ پٮ۪ٹھۍ آشیٚنۍ راجہِ رینٛز تہٕ۔ نگینہٕ

چھُ گوبہٕ کھوٚر روزان۔ تہٕ یہٕ چھُ کلائیمکس۔ سوال چھُ پاٹھۍ سپدان زِ بلبدر چھا بچس پتُن شُر تسلیم کرنہٕ خاطرٕ تیار؟ سوال چھُ یہٕ زِ ییٚلہٕ رازس فاش سپد سہٕ کُس بُتھ دِیہٕ عامس تہٕ خاصن؟ سہٕ چھُ أکس وولہٕ ہرشہٕ منٛز یِوان۔ بلبدر چھُ ننہٕ وانہٕ نگینٕس پننہِ آشنہِ تسلیم کران۔ سہٕ چھُ ساری، کارٕ بارس لتھ دِوان تہٕ اسلام قوٗبوٗل کٔرتھ أمی سٕتۍ زِندگی بسر کران۔ نگینہٕ، طوطہٕ، صدیق جُو، دہن محمد، شادٕ سارٕ کردارن علاوٕ چھِ بیٚیہِ کیٚنہہ اہم کردار غنی جو (بلبدرُن نوکر)، دھنہٕ وتی (اکھ موٗنٛڈ یٚس یہٕ ہاژٕ چھِ زِ سو چھےٚ غنی جوس سٕتۍ پھٔسِتھ)، گنہٕ جو (اکھ بڈہٕ چکدار)، بیٚترِ ناولہٕ ہنٛدِس کنواسس منٛز درٕپٹھۍ یِوان۔

"اکھ دور" ناو بوٗزِتھ یوسہٕ وُسعت تہٕ کُشادگی ذہنس منٛز جاے چھےٚ لبان۔ سو چھنہٕ اَتھ ناولٹس منٛز پأدٕ سپدان۔ اَفسانکی پأٹھۍ چھُ یہٕ تخلیق اَمہٕ دورُک محض اکھ سلاس پیش کران۔ ناولٹس منٛز چھنہٕ کردارن ہُنٛد دأخلی ردِ عمل تِتھ پأٹھۍ ڈبراونہٕ آمُت۔ یِتھ پأٹھۍ آسُن گوٚژھ۔ زردوش چھُ خارجیتک زیادٕ سہارٕ نوان۔ اَوے چھنہٕ اتھ منٛز سو شِدت پأدٕ سپدان یوسہٕ آسنۍ گژھ۔ مُصنِفن چھُ کیٚنژن اہم موڑن پیٹھ پتُن اتھ یہٕ ڈٕلِ زِ تہٕ بوٗزی تھےٚ تُلمُت۔ ییٚمہٕ رکی conflict (کشمکش) چھنہٕ وُبرِتھ ہیٚوٚکمُت۔ عصمت فروشی تہٕ طوائفن (Prostitution) ہُنٛد یُس انسٹیوشن جاگیردارانہٕ سماجس منٛز مُروجہ اوس۔ اتھ أسی کتی پہلو۔ لِکھأری چھنہٕ یِمن بدکار اڈن ہُنٛد خاص ماحول زبر پأٹھۍ دِیدن تل أنتھ ہیٚوٚکمُت۔ یِمن اڈن ہنٛدی آداب طور طریقہٕ۔ موسیقی ہنٛزن محفلن ہُنٛد خاص رنٛگ، دژال تہٕ جاگیردار، مختلف اڈن ہنٛز پانہٕ وأنۍ تارٕ کانٛجہٕ یِمہٕ کٔشیر

پتھ لوہوٗر، پیشوٗر، راولِ پِنٛڈِ، اَمرتسر بیٚترِ جایَن واٲہرِتھ آسہٕ۔ غرض تِتھِین کِرٛدہَن چیزن ہنٛز اُس گُنجٲیِش موٗجوٗد مگر یِمن گُن چھُنہٕ مُصنِفس نظر پِلان۔ محض سطحی طور پٮ۪ٹھ چھےٚ کیٛنہہ کتھہٕ بۄزنٕہ گُن یِوان۔ بلبدر، نگینہٕ، طوطہٕ، سارٕ، شادٕ، صدیق جوٗ۔ یِم سارۍ کِردار ہیکہٕ ہَن کٲشرِ اَدبکۍ زِنٛدٕ تہٕ پوشِونۍ کِردار بٔنِتھ تِکیازِ یِمَن منٛز چھےٚ سو توٗژھ تہٕ لچک یوسہٕ اَدبی کِردارَن منٛز آسنۍ گژھہِ۔ مگر یِم سٲری چھِ اَڈٕ پھوٚلۍ خام یا نیٖم پوٚختہٕ روٗدۍمتۍ۔ کانٛہہ اکھ چھُنہٕ پوٗرٕ پٲٹھۍ پھاپھلیٚومُت۔ اَوے چھِ یِم سٲری اکھ ہلکہٕ تاثُر تٔراوان تہٕ بَس۔

بنسی نِردوش چھےٚ بیٚیا کھ اَکھ ناول تہٕ کاشرِس منٛز لیچھمُت یمیُک ناو ''موکجار'' چھُ۔ مگر یہِ چھُنہٕ وُنہِ چھاپ سپدیمُت۔ وۄمید چھےٚ یہِ آسہِ اکھ مٲرۍ منٛز ناول۔ اکہِ دورٕ کھوتہٕ کتہِ کور بۄزنٕہہ دژامُت۔ زٕلنہِ دَے اتھ مسوَدس کیاہ سپُد تہٕ کتہِ چھُ؟



## تُرٛیش تہٕ تُرپن

''تُرٛیش تہٕ تُرپن'' چھےٚ امرمالموہنی ہنٛز کاشر ناول۔ امی سٕتۍ گَر اُمی اَدبی حلقن منٛز پٮ۪نٛز زان۔ اتھ منٛز چھےٚ تِمن غلط رُجحانَن مثلَن رشوت خوٗری، جنسی بے راہ روی، سِیٲسی مصلحت پسندی بیٚترِ چیزن ہنٛز عکٲسی کرنہٕ آمٕژ یمہٕ سٲنِس سماجَس تہٕ مُلکس منٛز عوٲمی راج پھولنَس پھبنَس سٕتۍ وۄتلِتھ آیہِ۔ ناولِ ہُنٛد موضوٗع چھُ حقیقتن پی۔ یَس یقیٖنَن اکھ اَہم موضوٗع چھُ مگر مُصنِفن چھُنہٕ ٹیکنیکہِ ہنٛز جان شوٗد بوٗد۔ واقاتن منٛز یُس منطقی تسلسل تہٕ فن کارانہٕ ربطہ آسُن

گوٚژھ سُہ چھُنہٕ نظرِ یِوان۔ کانٛہہ ہرکردار چھُنہٕ ووتلیمُت۔ عوٲمی راۓچ یوسہٕ دِے تہٕ ژکھ لِکھاٲرِس بنٛدن بنٛدن تیٚلان چھےٚ تِمہٕ باوَتھ چھُنہٕ شوٗبہٕ دار پأٹھۍ سپدِمٕژ۔ کانٛہہ کتھ چھُنہٕ واقاتو منٛز وُبران ئلۍ کہِ چھِہ یم چھرا سٹیٹمینٹ باسان۔ امر صأبَس چھُ اکھ عجیب عادتھا نال وٲلتھ لبنہٕ یِوان۔ سُہ گو یہِ زِ سُہ ییٚتہٕ پٔنٛز شار گِھے ہنٛگہٕ منٛگہٕ ٹھُکان چھُ تہٕ چھُ دوٚیمین شأیرن ہنٛدی شار تہٕ استعمال کران۔ غأر فِطری واقات تہٕ مکالمہٕ چھِہ جایہٕ جایہٕ دڑینٛٹھۍ یِوان۔ امر صأبَن یُس گٹہٕ زوٗل نِشاط باغس منٛز محض امہٕ خأطرٕ تلُمُت چھُ زِ روینٛدر (ہیرو) گوٚژھ أکِس جوان لڑکی سمکھُن سُہ چھُ اَسنَس لایَق۔ امر صأب چھِہ یہِ کتھ مُشراوان زِ نِشاط باغ چھُ اکھ  باغ یُتھ تواٗرٟخی اہمیت حأصِل چھےٚ۔ یوٚ دوَے یتھ ہیُٛو گٹہٕ زوٗل .اتہِ ووتھِہ سُہ بنہٕ بذاتِ خود اکھ تواٗرٟخی واقہٕ۔ بہرحال یہِ ناول چھےٚ أکِس نوٚس أدیب سنٛز گوڈنٛچ ناول۔ أسی تھاوو آش زِ سُہ تھاوِ پنٕن اَدبی سفر جأری یتھ تمۍ دَس تُلمُت چھُ۔

☆

## زٕ أہم تجرُبہٕ

کأشرِ ناول مقبوٗل بناونہٕ باپتھ کُری ریڈیو کشیرِ سری نگرن زٕ أہم تجرُبہٕ۔ دون ناول نِگارن ہنٛز زٕ نوِ تہٕ تازٕ ناولہٕ آیہٕ سِلسِلہٕ وار نشر کرنہٕ۔ گوڈنٛچ ناول أس ''پنٕن تہٕ پاپ'' (پوٗنۍ تہٕ پاپ) تہٕ دوٚیم ''شین تہٕ وتہٕ پوٗد''۔ ناول نِگار چھِہ غُلام نبی گوہر تہٕ پڑان رکشور۔ غُلام نبی گوہر أسی بڑونٛتھ پٹھے ناول

نِگاری ہِندِس فنس پوچھر دِیُس مَنز مصروٗف۔ لہٰذا آو یِمنے درخواست کرنہٕ تم لیکھن ریڈیو باپتھ اکھ ناول یوسہٕ کینژَس کالس سِلسِلہٕ وار قِسطس مَنز نشر سپد۔ تِمو کوٚر یہٕ چیلنج قبوٗل تہٕ ریڈیو سپُد اتھ تجربَس مَنز کامیاب۔ اَمہِ پتہٕ روٗدِس بہٕ أکِسے أکِسے ونان زِ تم لیکھن بیا کھ ناوَل یوسہٕ ریڈیو پیٹھ نشر سپدِتھ ہیکہِ۔ مگر کانہہ پوٚک نہٕ بڑونہہ۔ کینہہ کالا گژھتھ آو اکھ دوہا سہ یِیلہِ میأنی ہمسفر پژان کِشورن میے بڑونہہ کنہِ ٹیبلس پیٹھ مُکمل ناول ''شین تہٕ وَتہٕ پوٚد'' تژاو۔ بہٕ سپدُس وارِیاہ حأران۔ تِکیازِ پژان کِشورن ناو چھُ ڈژاماہَن ہنزِ ہدایت کأری تہٕ اداکاری ستۍ وابستہٕ۔ یِہنز یہِ ادا آیہِ مےٚ سبٹھاہ خوش۔ مےٚ پٔر یہٕ سأرے ناول گوڈٕ پیٹھ اندس تام۔ تہٕ یہِ سِلسِلہٕ وار نشر کرنک آو فأصلہٕ کرنہٕ۔ ''شین تہٕ وتہٕ پوٚد'' چھےٚ پژان کِشورٕنی گوڈنِچ ناوَل یوسہٕ گُجربن ہنزِ مخصوٗص زِندگی، لسنَس بسنَس تہٕ ماحولس ستۍ وابستہٕ چھےٚ۔ پژان جی أسی امہِ بڑونہہ جموں کشمیر کِمن بیشتر گُجربن علاقن تژبن ژون رتبن پھیرِتھ آمتی۔ کِردار چھِ کہأنی ہنزِ رزِ مَنز مالہِ پھلبن ہندی پأٹھی پٔنزِ کشِش تہٕ چمک ہتھ وُبران۔ یِم ذہنَس پیٹھ اکھ خاص اثر تژاوان چھِ۔ امہِ بڑونہہ کینہہ وٗری أس صوٗفی محی الدین (جرنلسٹن) تہٕ اکھ کأشُر ناول گُجربن مُتلِق لیچھمُت۔ امہِ ناولہِ ہندی کینہہ حِصہٕ چھِ مےٚ أکِس اَدبی میٹنگہٕ مَنز بوٗزِمتی۔ مگر یہٕ سپُز نہٕ ازتام چھاپ۔ گوہر صأبن یوسہٕ ناول ''پُن تہٕ پاپ'' لیچھمُت چھےٚ سو چھےٚ کأشربن ہنزِ سمأجی، اِقتصأدی تہٕ نفسیأتی زِندگی ہِندی وارِیاہ کوٗنج گاشراوان۔ یہِ چھےٚ تِمو سنزِ ناول نِگاری ہِندِس فنس اکھ نوٗ تژاے بخشان۔ گوہر صأبنی تہٕ پژان جی سنزِ ناولہِ چھےٚ

تمہٕ کاشُر ناولہٕ یمن قومی اعزاز حاصِل سپُد یُس ساہتیہ اکادمی پرٛتھ ؤری مختلف زبانَن ہنٛدبن لِکھاربن بہترین کِتابہٕ لیکھنہٕ خاطرٕ دِوان چھے۔

ضرۆرتھ چھُ یِہمہٕ کتھِ ہُنٛد زِ یتھی تجرُبہٕ روزن ریڈیو پیٛٹھہٕ برابر سپدان۔ یُتھ لچھِ بۆڈ لُکھ نہٕ صرف یِکہٕ وٹہٕ محظوظ تہٕ مستفید سپدن بلکہٕ میلہِ ناول نِگأری ہنٛدِس فنس پوٚھنگ تہٕ پھبنگ زیادٕ زیادٕ موقہٕ میسر۔ یِم دوشوٕے تجرُبہٕ رۆدی واریاہ کامیاب۔ یِمن دوشوٕنی ناولن تہٕ امہِ قسمہٕ کِمن تجرُبن پیٛٹھ چھےٚ واریاہ کینٛہہ ونٛنچ تہٕ لیکھنٕچ گنجأیِش موجوٗد۔ بہرحال گوہر تہٕ پزٕان رکشور چھِ ناول نِگأری ہنٛدِس فنس پوچھر دِنَس منٛز از تہٕ برابر مصروٗف۔ وومید چھے یِہُنز نوِ تہٕ تازٕ بہٕ تازٕ ناولہٕ ییٚن جلدٕے مارکس منٛز۔



## 1990 پیٛٹھہٕ ازتام

بشر بشیر تہٕ چمن لعل ہکھوٗ چھِ تم زٕ لِکھأری یِم یتھ وقتس دوران نٔو دژایہٕ۔ دوشوٕنی منٛز چھےٚ تمہٕ زِتنہِ موٗجوٗد یِمہٕ وولہٕ سنٛس أنان چھےٚ۔ یِمہٕ ناول نِگأری ہنٛدِس فنس پوچھر دِنہٕ باپتھ اکھ رُت شگوٗن چھےٚ۔ دوشہِ وُنی چھُ پنٛنَن سوٗن مُشاہِد، پنٛنَن ذیٚہنی وُپھہِ وار، زبأنی پیٛٹھ عبوٗر تہٕ تم گون موٗجوٗد یِم أکِس یتھِس لِکھأرِس آسنۍ گوٚھن۔

بشرٕنی اکھ ناوَل چھے ''داستانِ اٰمیر جان'' (1997)۔ امیُک مرکزی کِردار چھُ امیر جان۔ تمۍ سُند اصل ناو شاہد یُس ٹام تہٕ ونان چھِ۔ یہِ چھُ

یونیورسٹی ہُند طالبِ علم یُس پننین دوستن منز منفرد مزاژ تہٕ اطوار تھاوان چھُ۔ رہتہٕ کالہٕ چن چھٹی یَن منز چھُ امیر جان پننین کیئرشن دوستن یمن منز ظہوٗر، رشید، نثار، شاد بیترِ شامِل چھِ کوثر ناگ ہائکنگ پیٹھ گرٕہتھ سوٗرے اَنٛدی پکھی علاقہٕ ژھنڈنک فاصلہٕ کران۔ یمن منز اہربل، کونگ وٹن ہشہٕ جایہ شامِل چھِ۔ یپارٕ گُجری ڈوکہٕ تہٕ بستی یہٕ جایہِ جایہِ دڑینٛٹھی یِوان چھےٚ۔ یمن منز زٕ گُجری کورِ ایشا تہٕ میشا، زٕ گُجری لڑکہٕ واشو تہٕ باشو تہٕ بیٚیہ کینٛہہ کردار یمن منز بختاوار خاص چھُ ناولِ ہندِس سبتھرس پیٹھ نموٗدار سپدان۔ امیر جانس چھُ ایشایہ سٟتی جذباتی لگاو ووتلان یتھ بڑونٛہہ پکناوُنس منز دۄیم کردار پنُن حصہٕ ادا کران چھِ۔ ناولہٕ ہُند گوڈ حصہٕ چھُ زبرپاٹھی پھاٗپھلان تہٕ پرن والی ہنز دِلچسپی چھےٚ گنان۔ مگر لِکھارٕی چھُنہٕ یہٕ زیادٕ کالس برقرار تھاوُنس منز کامیاب رُودمُت۔ چھیکرس چھُ ایشا، باشو تہٕ امیرجان عجیب حالاتن منز پننہٕ زُوِ جانہٕ نشہٕ اتھ چھلان۔ مگر تاجب چھُ یہٕ زِ پرن والِس ہندِس تلہٕ پتس تہٕ چھُنہٕ کشُن یِوان۔ یہٕ چھُ لِکھارٕی سٕنز فنکارانہٕ شود بود ہنز کمی ظاہر کران۔ مجموعی طور ناول چھُنہٕ سو اثر ترٛاوِتھ ہبکان یوسہٕ ترٛاوِنی گژھہ۔ داستان وننہٕ نس تہٕ ناول لیکھنس منز چھے واریاہ فرق۔ اَمی تہٕ چھُ اتھ دۄلتہٕ اوٚنمُت۔

پرویز دیوان چھُ حبہٕ خوتونہٕ ہنز ذِکر کران بشیر بشرنہٕ دۄیمہٕ ناولِ ''طلسمی حقیقت'' (Magic Realism) انداز بیانک ناو دِتھ تَس سلمان رُشدی یَس قریب اَنان تکیازِ یتھ اندازِ بیان چھُ رُشدی نے دٔریافت تہٕ مُروج کوٚرمُت۔ پرویز صاٗب چھِ جمکی۔ نہٕ چھِ کاشُر بولان تہٕ نہٕ یہٕ پرٛتھ ہبکان۔

اتھ پۆت منظرس منٛز ہیکہِ کانٛہہ تہٕ پأنٛی پانہٕ بدِ کڈِتھ یہِ راے کأژاہ چھےٚ وزن دار۔ بۆزمژن کتھن پتھ فأصلہٕ دیُن چھُ نامُناسِب۔ بے شک حبہٕ خوتوٗن چھُ اکھ سُہ موضوٗ یتھ پیٹھ اکھ شاندار ناول ہیکہِ تھنہٕ پتھ۔ مگر امہِ خأطرٕ یوسہٕ توٗژھ، شودبود تہٕ فنی زأوی جارن ہنٛز زانکأری ناول نِگارس آسٕنۍ گژھہ۔ سو چھےٚ غأب۔

بہرحال بشر بشیرٕ چھِ تِمن سارنٕے ناول نِگارن منٛز کوٚنس یمو ازتام اتھ صِنفہِ منٛز عملن اتھِ ترٛووٚ۔ وومید ... أمۍ سُند فن لبہِ پننہٕ والین وٕری ین منٛز یاوری یمہِ خأطرٕ ڈاڈ تہٕ صبرس ستۍ ... ز ٹیکنیک ہنٛز بھرپوٗر زان ضروٗری چھےٚ۔

چمن لعل ہکھوٗ ہَن گذٲرۍ پننہٕ زِندگی ہنٛد بیشتر قیمتی وٕری دوٗردرشن چہِ نوکری منٛز۔ اماپوٚز مرکزی سرکارٕچہِ نوکری نِشہِ ریٹایر سپدِتھ سپُد سُہ تتہٕ منہٕ کأشرِ ناولہِ پوچھر دِنس منٛز مصروٗف۔ ''ننٛگہٕ پتھر'' (2006) تہٕ ''ووستوٗر وَنٛک ہہہ'' (2014) چھےٚ تِمہٕ زٕ ناولہِ یمہٕ ازتام أمۍ لیچھ۔ یمن دوشوٕنی منٛز چھُ ناول نِگأری ہنٛد اکھ نوٚو رَنٛگ تہٕ آے لبنہٕ یِوان۔ یُس خوش یُن چھُ۔ ناول نِگارس چھُ پنُن اکھ منفرد اسلوٗب بیان یا سٹایِل یُس سبٹھاہ پُرکشش تہٕ زوٗدار چھُ۔ ہکھوٗہَس چھےٚ کشیرِ ہنٛدِس سیاستس، توأریخس، نفسیأتس تہٕ ثقافتی انہارن پیٹھ جان نظر۔ سُہ چھُ پننین ناولن ہنٛدۍ پلاٹ امی مواد منٛز بدِ کڈان تہٕ اتھ اکھ خاص شِکل تہٕ صوٗرت دِتھ پنُن تخلیقی وٕہر وار ژھانٛڈ ہِ ناوان۔

گوڈنِچ ناول ''ننٛگہٕ پتھر'' چھےٚ کشیرِ منٛز سو تصویر بڑونٛہہ کُن انان یوسہٕ ڈوگرٕ مہاراج پرتاپ سنگھ ہنٛدِس سورگہٕ واس سپدنہٕ برونٛہہ درینٛٹھۍ یِوان چھےٚ۔ دوٚیمہٕ ناولہِ منٛز چھےٚ ہکھوٗہَس کشیرِ منٛز جدوجہد آزأدی وکھناوُنٕ یوسہٕ ڈوگرٕ

